# یہِ چھُ سون وطن

قومی بأتن ہُند مجموعہ

ترتیب

چمن لال چمن

جموٗں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

سنہ ۱۹۶۵ء

# ترتیب

# گوڈہٕ کتھ

کٲشر لُو چھُ پننہِ دُنیہِ پننِس وطنس برابر تھزِ کٔنز لول بوزمُت یتھ کٔنزِ اکھ انسان پننِس گرس رٲچھ کرِتھ زن تہٕ تتھ پوٚت ژھاین وٕچھان چھُ آسان ۔ کٲشرِ شاعری ہُند اکھ حِصہٕ چھُ نیتھہ تہٕ یتھ منز شاعرو پانس اندی پکھ جوین آرن تہٕ آبشارن ہُند پکُن تہٕ ہیرہ پیٹھہ بوٗن وُشُن بیترِ تمام نظٕرن ہندین حسین جامن ڈلِتھ پیشکش تھوٚو دِمُت چھُ ۔ بالن ہندِس قدا وارِ آسنس منز چھُ ییتہ کٕس شاعرس یارِ ہُند اہار تہٕ نظرِ گومُت ۔ ییتِہ کیٚن جنگلن منز چھُ "ژندُنک وار شہُل" تہٕ ییتہ چھُ "مرگن پیٹھہ شوٗ دِ سبزار شہُل" ییتہ کٕس پزٕ یتھ اَکس چھُ یہ وطن ٹوٹھ تہٕ کیاہ زِ ییتہ چھُ شہلی کُلس تَل زن تہٕ آئینس مل ژلان ۔ واداری ہلنزار تہٕ باسے بنُدتھ چھُ کاشرن ہندِ ہمتم وٕس ہِن تم دُبے لوہ اِیتہ لاے چھُ کران آمتی ۔ امہِ نفسکی جذبات چھِ وِزہ وِزہ دنہِ آمتین ساہِن قومی یا غتن منز جایہ جایہ لبنہِ یوان ۔ یتھین جذباتن چھُ کینژن تواریخی مرحلن پیٹھہ زیادے پہٕن زیر ہجٔر ۔ سانہِ شاعری منز چھُ یتھ کالہِ پیٹھے کُنِر ، مذہبی رواداری تہٕ پزٕ تلاش جستجو روایت ـــ سیاسی آزادی بیترِ حاصل کرنہٕ خاطرِ جدوجہد شروع کرِ یمنس ادس وُنہ کٕنی کال گومُت ییلہِ سانو شاعرو تہٕ اتھ آوازِ عتر پنُنز آواز رلاو تہٕ سون جوٗرتھ سُد مجبور حآ بنہِ یمہِ نادِ عتر وار کے بیدار ۔

دٔلو ہا باغوانو نوبہارُک شان پیدا کر
پھوٚلن گُل گژھن کرن بُلبُل تتھی سامان پیدا کر

۴۷ءہس منز ییلہ کشیرِ پیٹھ حملہ سُپد تہٕ وِزہ لگی سانِس جنوٗنس وارے زیر تہٕ قومی باتن ہندِس اتھ حصس سُپد وار یاہ ہُر ۔

امہ ساتیچ نادم صاعبنز سو گژھ چھ ازتہِ سانین کنن منز گیہ گیں کران یتھ

منز ہمو دوٚن

"بہ گبو نہ از

نہ کیاہ تہ ازچھ جنگ باز جالساز

ہوٚل گنڈِتھ کشیرِ میانہِ زاگ ہیتھ"

یہوے ولولہ گوس ۶۲ ہس منز چینی حملہ دِزہ تہ نظرہ تہ یہوس تہ بیٚلہ پاکستانن اَسہ پیٹھ حملہ کوٚر۔ ازتہ دوٚن اسہ "کُنی چھ تہ ییٚجز تہ شامہ زنگو تہ بیٚیتہ چھینہ نفرژ کرہ کاتھ جایہ"۔ سانین قومی باعتن مُنٛدبہ دوٚیم مجموعہ چھ بیٚیتہ کینہ لیچھ بدِن روزن والین ہندین یتھہ نہی جذباتن ہُنز ترجمانی کران۔

یتھ مجموعس منز شامل کینٛژھ باتھ چھ اَسہ ریڈیو کشیر پیٹھہ نہ حاصل کرِ ییتو۔ اَسی چھ ڈایریکٹر ریڈیو کشیر تہ دوٚیمین شاعر دوستن ہندی مشکور زِ تمو دیت اَسہ یم باتھ یتھہ کتابہ منز درج کرنک اجازت

چمن لال چمن

ماسٹر زندہ کول

# کرناوۄ نارٕکھ ناپور

یٚیتہٕ سارٕوی دٕیے موٗنمُت
کُن داتہٕ نارٕک نارٕجہ مول
کھوکھہٕ باٹی، نارٕکھہ دِگنہٕ یچھ
تۄرٚ وِتھہ برٲن نٕسہٕ یوت لول

یٚیتہٕ دیش وَنہِ نَدٕل تھٕل وِشال
اُن پَن نٕہ پھل مدھ گیو وٕ پھوٗرہ
دیشمت وُین تم یارٕگران
کھیتھ چھک ہُران زانہٕ نٕہ ژٕور

اٲسی درٕی منش یِشی چاوہٕ سِتھ
یٚیتہٕ کامٕ گونٹ سارٕی گران
پت چھک سِتھاہ روزِن موکلی
گِندن گیون لیکھن پَرن

یتہ کاشہٕ نہٕ دَدہٕ نادان شُرِن

یتہ دِلوٕیہٕ مانان تِشہٕ بِن
یتہ گۄر گۄبرس کھۄوتہ تآٹھ
یتہ نوش نہٕ کاشہٕ کرمس[۱] دِین

ونہٕ وارہ ، آنگن جاپہٕ صاف
یتہ بآے سٹریتہ وُزنس ژوپور
اَرِہ پان سوندِر نُندہٕ بآقی
کاشہٕ ماکوہ کارِ دکنِژ کۄہ کور
کرناوِہ تارکھ ناپور

۱ یتہ نہ کاشہٕ کرمہٕ لآنِس دَدہ

غلام احمد مہجورؔ

# گُلشن وَطن چھُ سوُنے

بُلبُل وَنان چھُ پوشن    گُلشن وَطن چھُ سوُنے
سوُنے وَطن چھُ گُلشن
گُلشن وطن چھُ سوُنے

بیٚتہٕ ساہ رنگہٕ وارے    پھوٚلی پوش وارہ وارے
خوشبو تہٕنٛد ژو پارے
گُلشن وطن چھُ سوُنے

منٛز باگ کوہسارن    ڈٔٹ جاے نو بہارن
پھوٚلی لالہٕ شالمارن
گُلشن وَطن چھُ سوُنے

لُبہٕ منٛز پھُلے چھہ پوشن    باغن، ونن تہٕ گوشن
بُلبُل وُچھت چھہ توشن
گُلشن وطن چھُ سوُنے

ورٕی کیٖمی تہٕ ٹیکہٕ بٹہٕ نے    سُلہٕ آیہٕ جاے رٹہٕ نے

گُلگی ٹُوری جامہ ژٹہٕ نے
گُلشن وطن چھُ سونے

سنبُل وتان بُنفشس
رُوزِتھ ژہٕ ژھایہِ چھُکِ کس
دَن تراو باغ کُن وَس
گُلشن وطن چھُ سونے

ناگن، کوہلَن تہٕ آرَن
جوین تہٕ آبشارَن
دیُت سوز نَو بہارن
گُلشن وطن چھُ سونے

باغن، کوہن تہٕ بالن
نارَن، ونن تہٕ نالن
کم رنگ گُل چھِ کھالن
گُلشن وطن چھُ سونے

أنٛدی أنٛدی سفید سنگر
دیوار سنگِ مرمر
منٛز باگ سبز گوہر
گُلشن وطن چھُ سونے

بُلبُل کران گُلن گتھ
بوٚمبُر یشبرِ زُلن پتھ
کاشُرِ چھِ مست مَس چیتھ
گُلشن وطن چھُ سونے

سیٚنٛدٕ وانہٕ چھِل ژٕ تَن مَن　　　بانس بَلس دٕ اوٕ تَن

ہرمعہ کھہ سُد پانہٕ وُچھَن

گُلشن وَطن چھُ سونُے

ہیچوٕرٕ ویس سوتُے　　　باغاہ چھُ نُندٕ بونُے

اتھ لول گژھِہ برونُے

گُلشن وطن چھُ سونُے

# ترانۂ وطن

عبدالاحد آزاد

سئمتھ وَطن وَطن کرَو ترانۂ وطن پرَو
صُبح تہٖ صبحکےُ ہَوا
دوہکھن تہٖ دادِنیٖ دَوا
نِیندِر کرٕنی چھہ ناروا
سُلے وُہتھ تُلوٗ نوا
سئمتھ وَطن وطن کرَو ترانۂ وطن پرَو
وُچھتَ گُلن نہ سوٗ شبُن
ترانہٖ باز بُلبُلن
پھولان چھہ نُور منزِ دِلن
یوان سرورِ عاشقن
سئمتھ وطن وطن کرَو ترانۂ وَطن پرَو
گڑ بزان آرہٖ تہٖ کوٗلہٖ
پران مجنُنک رٕولہٖ
دِلن اندر کرٕتھ ہلہٖ

یوان چھہ لولہ دَ لولہ

سٕمتھ وطن وطن کرو ترانہٕ وطن پرو

چھہ اچھہ پوش تہٕ یاسمن
بہر طرف چمن چمن
اسان اسان چھہ کوسمن
عرق فشان رُمن رُمن

سٕمتھ وطن وطن کرو ترانہٕ وطن پرو

چھہ سارِ تِمی کُنُے خودا
سٕمتھ کرو کُنُے صدا
منگوس نہ زانہہ پنُن مُدا
الگ الگ جُدا جُدا

سٕمتھ وطن وطن کرو ترانہٕ وطن پرو

ہُلو قدم بہو دُرو
کرِو ہمیشہ جستجو
جوان جوان دِلاورو
تھُو وو میدنہٕ آرزو

سٕمتھ وطن وطن کرو ترانہٕ وطن پرو

دینا ناتھ نادمؔ

# یہ چھُ میون وطن

یہ چھُ میون وطن — یہ چھُ چون وُطن
"یہ چھُ سون وُطن — نُندہٕ بون وطن"

یَتھ وطنس سٲئِس تاپنۍ ھوٗتی
کتہٕ رُود یہ شٔراہ یٔہ گُل لوہ ہُتی
کُتہٕ شُیشتہٕ سرِی یہ چھُ دِیتمت پیٚتی
ستہٕ یٔہ روٗ یہ عستو کیاہ مولہ وون وطن

یہ چھُ میون وُطن — یہ چھُو چون وطن
"یہ چھُ سون وطن — نُندہٕ بون وطن"

بالن سینس دوہ گینٛار بُلند
تہٕ رعنا ٹھدی دوہ دار بُلند
ہیمالس دوہ پہ دستار بُلند
ٹھدہٕ پایہ دوٚ ہۍ اسہِ زون وطن

یہ چھُ چون وطن — یہ چھُ میون وطن
"یہ چھُ سون وطن — نُندہٕ بون وطن"

جنگلن منز ژنٕرنگ دار شہلُ
مرگن پیٹھ شوٗد سبزار شہلُ
ویتھہِ ہُند بوٗڈ گنگہِ ہُند تار شہلُ
شہجارُک مالِنۍ کرٕدن وطن

یہ چھُہ میون وطن    یہ چھُہ چون وطن
"یہ چھُہ سون وطن    نُندہٕ بون وطن"

لچھہِ دُہر چھُہ لچھہِ پھیرہِ زامُت نوٚو
پُنتھہ گومُت بیٚیہ برٛ وُشہ آمُت نوٚو
سون کھوٚتمُت کاہ وچھہ درامُت نوٚو
نوٚہ آیہ یکُن گوٚژھہ پرٛون وطن

یہ چھُہ میون وطن    یہ چھُہ چون وطن
"یہ چھُہ سون وطن    نُندہٕ بون وطن"

کھاہ ہنی رودیس زن گینٛز ژامُڑ
اکھہ گینٛز لچھہ لٹہ زامنز پیٛامُڑ
زن اُنجھی باگہِ چھہ بیٚتھ آمُڑ
پدہِ پدہ نوو خنگ ورشون وطن

یہ چھُہ میون وطن          یہ چھُہ چون وطن
”یہ چھُہ سون وطن          نُندہ بون وطن“

کھیتن منز ہیّول ہیّول ووٗشہِ لیاٚمِت
کھلہِ نئ منز پھوٚل پھوٚل ووٚسہِ آمُت
یُندازُس زن زٔندرمہٕ زامُت
امبر امبر بنہٕ سون وطن

یہ چھُہ میون وطن          یہ چھُہ چون وطن
”یہ چھُہ سون وطن          نُندہ بون وطن“

اسہِ پزہِ ییتھہ وطنس لول برُن
رُمہ رُمہ پیٹھ نے گمُہ موٚختہ جرُن
نوہِ آیہ نوٚ ووٚسے تقدیر گرُن
نلہ سنخہٕ گژھہِ پوٚھٹُن سون وطن

یہ چھُہ میون وطن          یہ چھو چون وطن
”یہ چھُہ سون وطن          نُندہ بون وطن“

رنگہٕ رنگہٕ گژھہِ سوٚرگاہ پوٚرنُن
انگہٕ انگہٕ گژھہِ تاٚپُن ، طوٗرنُن
لنگہٕ لنجہٕ گژھہِ پھوٚلہٕ وُن نوٚرنُن

اَسہِ دُوری پرٗزٕناوون وطن

یہ چھُہ میون وطن
یہ چھہ سون وطن
"یہ چھُہ سون وطن
نُندٕ بون وطن"

۱۹۶۰ء

غلام احمد فاضل

# کٲشیر

سبزٕ زارن کوٚہسارن شالہٕ مارٕن ہُند وطن

گُلستان جنت بدامان گُل ہَران تہٕ گُل فشان
گلعذارن ماہ پارَن بالہٕ یارن ہُند وطن

سبزٕ زارن پیٹھ رنگین دنیا باوان چھُے ژٕہ پارٕے
سُنبلن تہٕ نرگسن تہٕ لالہ زارن ہُند وطن

جایہ جایہ کوثر و تسنیم جأری چھُے نهوان
جوٗیبارن تیز آرَن آبشارن ہُند وطن

بُلبُلن ہارِن ژرِن طوطن تہٕ بیٚیہ ددرِن جلَن
ندہرن پأژن تہٕ بیٚیہ اسمأنی شکارن ہُند وطن

لولہٕ سان پیٹہٕ نبٕت تہٕ پردٕبن الُفنک مَس باَعہٕ گران
گلشن تَےٚ جنگلن گامن شہارن ہُند وَطن

ہر طرف کرٕی کرٕی چھُس ناٚبن دشمن سینہ سپر
راٚیٕن تَےٚ دیو زادٕن دیو دارٕن ہُند وطن

گوٚو شخصی راج تَےٚ بیبہٕ تاج تَےٚ باج و خراج
باجدارن ہُند بنیو مُت تاجدارن ہُند وطن

چمن لال چمن

# سون وطن

سون وطن زلہٕ وُن گلزاراہ
سون وطن بدٕئے سماراہ
سون وطن شبنمٔ شہجاراہ

راچھی درٕو کر راچھی
راچھی درٕو کر راچھی

سون وطن زاوسانِن آتش
ماہم ماہم شرٕی گنڈہ باش
موکھ چھُس بجوٚر مُت ساعٔی اچھی گاش

راچھی درٕو کر راچھی
راچھی درٕو کر راچھی

سون وطن وُچھ ڈلہٕ سی کُن وُچھ
پمپوشس وُچھ کھیلہٕ سی کُن وُچھ
ڈھرن سن، ولوسی کن وُچھ

رٲچھی دٕروکرٕرٲچھی
رٲچھی دٕروکرٕرٲچھی

سون وَطن ڈیکہ زُونہٕ چھُہ جرٕی جرٕی
ہٹیچہٕ چھپکلہ چُونہٕ چھَہ برٕی برٕی
کٲرِی گرٕ وَ زن نفوٗ ومُت گرٕی گرٕی

رٲچھی درٕ وکرٕرٲچھی
رٲچھی درٕ وکرٕرٲچھی

سون وطن آنگُن لوکچارُک
سون وطن سٔرتیہٕ خوش گُفتارُک
سون وطن طالع سمٔراُرُک

رٲچھی درٕوکرٕرٲچھی
رٲچھی درٕ وکرٕرٲچھی

| | |
|---|---|
| یُس کاتھہٕ زاگیس | تس دزہٕ رُم رُم |
| یُس اتھہٕ لاگیس | تس دزہٕ رُم رُم |
| یُس اتھہٕ ہوٗل وُچھہٕ | تس دزہٕ رُم رُم |
| یُس اسہٕ ہُبتہٕ پیہٕ | تس دزہٕ رُم رُم |
| دوِل کتھنی دِ پیہٕ | تس دزہٕ رُم رُم |

غلام رسول سنتوش

# وطن میونے نشاطاہ شالماراہ

وطن شبنم رشہل شیہجار پوشن
وطن سبزار چھُ بِخ بیدار گوشن
وطن قندیلہ نار کھ رأژ روشن
وطن سونے چھُ گلزاراہ نظاراہ
وطن میونے نشاطاہ شالماراہ

وطن چھُم شولہ وُن ہیوُ آنہ پوٹ ڈل
وطن چھُم سیرنی سرپوش ہیوُ کھبل
وطن چھُم بولہ وُن کستورتے جل
وطن چھُم لو ولو کچاراہ آ باراہ
وطن میونے نشاطاہ شالماراہ

وطن ڈیکہ کُے ٹکاہ گو مہرہ ہیُن ہُند
وطن گو بأسے مالیُن ہیُنز دَیدہ ہُند

وطن گو شوق سنخ مہر بینی دجن ہُند
وطن گو لولہ اہار راہ، اِشا راہ
وطن میونے نُشاطاہ شالماعہ راہ

وطن شہس چھہ اندی اندی پوشیرتی گتھہ
وطن وآرہ دی گرس منشر ہانچی ستھہ
وطن بُجہ باچہ ہنز شامس پری گتھہ
وطن رنبہ وُن چھُہ اڈ کوّل شیرخاراہ
وطن میونے نُشاطاہ شالماعہ راہ

وطن گو سوتہ کالچہ تیندرہ ہنز بائے
وطن آرن کولن ہنز لاعہ و دُبہ رائے
وطن گو میٹھہ صُبحکہ واوہ چی گرائے
وطن سازاہ تہ سنطُوراہ سیتہ تاراہ
وطن میونے نُشاطاہ شالماعہ راہ

وطن گو سازِ دِل سازِ ندرن ہُند
وطن رنگین دنیاہ شاعرن ہُند

وطن اہار نوٚ وموٗر ژ گرٕز ہنٛد
وطن چھُم شوخ تصویراہ، شاہکارہ
وطن میوٗنے نشاطاہ شالمارہ

وطن چھُم اُرے ہ بالیُن اَرَیہ مالے
وطن چھُم ہیہ بالیُن ہیمالے
وطن بالیُن چھُہ جبہ خوٗتوٗ ہ بالے
وطن بالیُن چھُہ لَلہِ ہنٛد لالہِ زارہ
وطن میوٗنے نشاطاہ شالمارہ

کشیرے مایہ ہنٛز سُم چھُم وتستاہ
ہمالاہ کوہ چھیس نور چھ جبیناہ
ڈیکُک ٹیکاہ، بتھیک خالاہ تہ تاجاہ
وطن مندراہ، مشیداہ، گردوارہ
وطن میوٗنے نشاطاہ شالمارہ

عبدالاحد آزاد

# پوشہ وطن مبارک

تو شان کیا چھُ پوشن سو نٔے وطن مبارک
کرٔی توس روشہ روشہ پوشے وطن مبارک

کنہ سر حدس چھ ہیتھ گوش کنہ وارہ مشز چھ ہیتھ پوش
پھولی پھولی ریوان دوان جوش برٔی برٔی چمن مبارک

ولہ بیہہ شہلہ گلبن تل زن آئینس ژلی مل
ڈیشت یہ فرش مخمل دِل کیا چھو لن مبارک

وُچھ سبز شامیانے تندہ باغی سایبانے
یم لولہ سانہ پانے گنڈی تو درتن مبارک

وُچھ شوقہ سان دارے ناگن ہندی نظارے
آسمانکی ستارے چھی ہندہ چمن مبارک

دُوتو محبتک بتیول برٔی توس ہاے تہ لول
لولن اندر چھو پوڈ لول حب وطن مبارک

آزاد لولہ ووناہ وطنس براں چھُ لولاہ
یم لولہ گل ہران کیاہ تہشزن کتھن مبارک

رادھے ناتھ مسرت

# یہ چھُ سون وطن

یہ چھُ سون وطن یہ چھُ سون وطن
یہ چھُ دِلدارن ہُند پژون وطن
یہ چھُ امُنک روئیس نوٗر ملن
یہ چھُ لوہ لہ للہٕ ناون آرہٕ ولن
ییٚتہ کاژہٕ لدن چھُے سینہٕ ملن
ییٚتہ لاگتھ پاوٕن ہاٗنٛز پلن

یہ چھُ سون وطن یہ چھُ سون وطن
یہ چھُ دِلدارن ہُند پژون وطن

یہ چھُ سِری یہ پرزلوٗن اسمانس
یہ چھُ گل پھوٚلہٕ رواں وآرانس
یہ چھُ جوٗشکہ ہوٗشُک میخانہ
یہ چھُ آبُک ذیچھر اِنسانس

یہ چھُ سون وطن یہ چھُ سون وطن
یہ چھُ دلدارن ہُند پژون وطن

یہ چھُ ہُتٕس ییٚتہٕ اِنکار کراں
یہ چھُ سُہہ ژارس اِقرار کراں
یہ چھُ دٕدٕ ونہٕ سی سبزار کراں
یہ چھُ دُشمنسی سمہار کراں

یہ چھُ سون وطن یہ چھُ سون وطن
یہ چھُ دِلدارن ہُند پٔژون وطن

یہ چھُ صُبحک گاہ سنگرمالن
یہ چھُ بُتھہ وو زٕ لاوان گُل لالن
یہ چھُ لول برن بیتھہ سمسارس
یہ چھُ کھُر بیٚتہ کاسان جنجالن

یہ چھُ سون وطن یہ چھُ سون وطن
یہ چھُ دلدارن ہُند پٔژون وطن

امرچند وٕلی

# وطن

مُومِنَن سنتن تہٕ وٕلِیَن ہُند وطن
مذہبن، دَرمن تہٕ دِینَن ہُند وطن

پوشہِ گونٛد نسلن تہٕ دِینن ہُند چھُ یہ
مختلف رنگن تہٕ راگن ہُند وطن

اَسی کُنی چھی چھےٚ کُنی آوازسٕ تی
مُومنن بو دھن تہٕ ہٮ۪نٛدٕ ین ہُند وطن

رنگہٕ رنگٕے بولی بولان جانوَر
بلبُلن، قمرٕین تہٕ طوطن ہُند وطن

غاٗلِبُن، گوٚر دیوٗ نُے مسکن چھُ یہ
شاعِرن رنگیِں زبانن ہُند وطن

مے کشن تے مے فروشن ہُند چھ مے
نازنینن ماہ جبینن ہُند وطن

خُونہٕ سیتی سگنو وُمت پرِیچھ کاشہٕ پہٕ
سر فروشن تے شہیدن ہُند وطن

دِل وَنْدےٚ بو جانثاری پیٹھ جوان
زندہ تھوو تھٕ پوختہٕ کارن ہُند وطن

طرز پنہٕ نے چھےٚ دلی جمہورِہٕ کےٚ
ہلہٕ ژارن بآے چارن ہُند وطن

دینا ناتھ نادم

# سون وطن

سون وطن پوش ہیُو
تادٕ ہوّت یاوُن بہارُک شالہ مارُک گوش ہیُو
نوٚ پوشاکُک بوش ہیُو
پھولہ ڈُنے ہمپوش ہیُو
سون وطن لولہ سیرن ہُند شہل سرپوش ہیو
یاد پیومُت اوش ہیُو

اسہ وطن گلزار ہیُو
زن ہُبھس گنڈی گنڈی چھہ کھوّتمُت لالہ نیٖ وو زجار ہیُو
وسہ ڈُنے لوکچار ہیُو
ییٚندرہ ووّ تھمت شعار ہیُو
سون وطن نوجوآنی ہُند وُشن خمار ہیُو
بالہ پانُگ یار ہیُو

اسہ وطن اُچھو گاش ہیُو
کورہ ہائلس دَجہ گُنڈِ تھہ زَن پاسہ سو نہ چی چاش ہیُو
دہ دپچوُن پڑا گاش ہیُو
یا دیچو گنِدہ یاش ہیُو
گامہ موُز ریٗبہ زَن مُنگِھہ اُونمنت چھُہ جگرکُ قاش ہیُو
پُودہ گڑ چھوقی آش ہیُو

اسہ وطن رُت گام ہیُو
تھَل رُ وِتھہ زَن یو ہنہ شہلس گرہ سی تس آرام ہیُو
ڈُل ڈہس بیپھڑ شام ہیُو
آ دُنگ بادام ہیُو
تزِ بلہ ہیتھہ یُڑ کا ئلی دو نھمُت گامہ بیپھڑ زَن مام ہیُو
باجہ مُند مہ وام ہیُو

اسہ وطن جاموار ہیُو
ڈگیجہ پُڑ نتھہ ششہ تُلی کوڈ ٹوپہ گر یو گُل زار ہیُو
ریشُمک شہجار ہیُو

توسہٕ اَنزٕلی دارٕ ہیُو
ڈوُنی ہیچہٕ پیٚٹھہٕ ٹرُکہٕ چھاےٚ نی کھوٚنمُت چھُہ زن لوکچار ہیُو
آسُنگ امارٕ ہیُو

۱۹۵۴ء

ییٚتمہٕ وِزِ یہٕ اکادمی ہندہٕ طرفہٕ کاشُرِ یا ٹھ چھاپ سپزٕمژہٕ کتابہٕ ژیمہٕ نوہٕ ہیمہٕ دفترٕ پیٹھہٕ موقوٗل قیمتس پیٹھہٕ میلتھ ہیکن

گُلریز، کوشُر سرگم جلد ۲

صوفی شاعر جلد ۲ نوٗر نامہٕ

سون ادب ۱۹۶۴

غلام رسول سنتوش

# "یہ تہٕ میون وطن"

یہ چھہ ریشن وارٕ، ریشہٕ منی ہُنٛد مسکن
یتھ عرفان بوٗ رُمت پانہٕ دیَن
تھدہٕ شانہٕ شہنشاہ پیر مہ شوَن
اَسی اللہ بیمارٕ گلہ گلہ دیہ شُنٛدمے
بیتہ نُندہٕ ریشن وۄ وُمت کنٕز تہٕ ہشر
بیتہ زوتہ چھہ تُلمتی لولہٕ مَلر
بیتہ کونگہٕ رٔنگی زوتہٕ ہُنٛد شب چھہ مُژھِل
بیتہ رٔسلیشُن آرن سوز رٔسٔل
بیتہ اَری تہٕ منزہٕ شرہ نہ دار رہنہٕ لاگتھ
اسہٕ واو چھہ ونہٕ ناوان نیندرے
بیتہ مہجورٕنی اَسی نغمہٕ گیوان
ونہ دات ڈلن منز تیندہٕ کرٕی کرٕی
بیتہ نادم، کامل، بیہ رٔاہی

سنتوش چھُہ بینہِ نس وطنس منز
ییتہِ موج وتستاہ زَمنہٕ لوان
بییتہِ بھیر نھہ تھۄرِ نھہ نۆری گرھان
ییتھہ ناو وَنان اَنہ پآ کنان ن
تتہِ گنڈرِن گلہِ گلہِ چاوان دوٗد
اَز تِم چھِہ گنڈر بُتھی پھِری گآمتی
تِم ٲجِہ وتستاہ ٹیپہِ زُٹی ءتھی
لنجہ لنجہ کٔرِی چھِس رنجہِ ناوُن
میٖنہ تہِ تتھی بَپہِ چوٗمت دوٗد باجے
رگہِ نیی منزوُ تہِ چھُم اُمُو سُند شیر
چھُم خوٗن دِوان گژھ نکھہ جبرٕ وُتک
نگہِ اَیِ منیح الم چھُم نکھہ سیٖی پیٹھہ
فَرُشک عآ ستھہ اَکھ بکیناہ
عرشس پیٹھہ تھزرس مٲءنی نظر
بہ چھُہ مٲءنی نظر سگہِ وان پوشن
سوے مٲءنی نظر از قہرٕ بُرہ تھ
وُشمنسی سٔیمی دیت نار ژِو پارٔی

صوفی غلام احمد گاشؔ

## سۄرگس پتہٕ لس لگہٕ ہا آژھاین

أزپُچ بہار یِنہٕ
نُورُک وُردھن
پُورٕت شلہٕ پُدہٕ ہا ژیا ہش زن
کاکِہٕ حُسنس
پوشن پوشن
شفقچ سورٕخی اتھہٕ ونٕہ لاوٕس

بوپِچ رُم رُم
مستی ٹارٕن
مس چاوان خفٕ ٹورٕبو ٹورٕبو
ناگن وُزٕ نیشاہ
آرٕن وُ سوُن
وٕنتھہٕ شہلاوان دٕدی منتٕہ ہا وس
جنتکی میوہ اسہٕ

سٲری باغن

ناگہ رادن دوہ دہ ہیوٚہ آباہ
ہوٚہک شتی بشی
کُستوٗرہ آ لوَ

پھوٚلہٕ وٕن بوٚنین ہُند شہجارا
لالن ہُند رنگ
باغن باغن

بالَن ہُند خوشوٗن سبزٕرٕہ
صُبحُک شبنم
موٗختکٕ اَنبار

مخمل کمٕ تام جٔرۍ جٔرۍ کھوٚہُت
ھٕدرک پمپوش
سیمابس منز

ہوٗراہ نُنٕ تن ہٕتھ وُٹھ آبس
یمہٕ بٔھٹ زُولاہ
ہُنتہٕ ناوُن رٕج
موٗت چُھپیرگیش ہیوٗ شامن شامن

وآشہ کھو بُوزِتھ
پان ژادر وُشہ
زن سو نشرل پھرِدلہ کین باغن
صبحکو نُورن
چھنج اتانس
اُکہ اُکہ کنز اشہ وانے پیتن
ہُمہ بتھ پُوزا
بیتہ کالی لیج
مندرن ٹوپس سون جوڑ سرِین
ہردک پن پیو
وُ نلاہ صبح
سرِیک لوٹ لوٹ سون ہیو لوسن
چھوت چھوت شیناہ
پیڑنی پھلیاہ ہش
دو دہش انزی ینا ابرک نب ہیو
کاشر دلبر
یوسف یوسف

حوٗرن پٔرین مُنٛد آگرٕ ؤینتھی

لٔلہٕ مُنٛد شوٗژر

نُندٕ رُند نوٗراہ

حبہ خوتوٗنے گوڈٕ بوٗرشارن

غٔنہ بیٚنز مسٔتی

ششٕ رنگ ڈارُن

مہجوٗر یارٕ فِرٕ سٕنہٕ وفِرٕ آیو

آزادٕ فِرٕ ئے

میٖرن سوزٕا

شمشیٖر گنٛتھٕ اٚندٕ اٚندٕ جانالش

تارٕنخ رسٲفی

پیٚرٕ ژھہ گُلہٕ لالن

اُسہٕ بوٗز خونٕک گوہ ڈارانن

وٲران کھنڈر

تارٕ نِخیکوٗ ئِدٕی

بٕلیہ اُسہٕ تھوٗدٕ وُتھی بٕلیہ اُسہٕ تھوٗدٕ وُتھی

کاحہ نیتاہ منصوٗر

ئبتہٕ کھٕتی دارن

پُتھرٕ ہم خوجہ سندٕ مٕشرہ تیندرے از

بینہٕ وقتُک کاتھرٕ ھا

دلبر یارٕ و

پھش دیہ چانین میانین آشن

ینہ کاہنہ سوٕرگس

شوٗرُک سگ دیہ

ینہ کاہنہ پوشن آنٛڈ تھتہٕ تراوِم

ینہ کاہنہ شوٗزر

ھُچپہٕ نیہ سادھن

ینہ استانن ییتہٕ کاہنہ زاگِم

ینہ کاہنہ ساہن

رنگین تحابن

ریشمی جامن زاعلتھہٕ تراوِم

ینہٕ کاہنہ ٹوٗرین

شبنمی بدٕ لے

تیزاب ترادِک لاعؤس پالِس

پنہٕ کانٛہہ رٕوٹ دِیِہ

مُنتی پھمواَرٕن

چشماشاہی مِیٹھین ناگن

بلبُل چمنس

کستُورِ آلو

مۄّت چیٖر گیش گژھِ عمرن پوشُن

شوقک باوُن

بادم وٲراہ

لالن ہندٕ رنگ گژھِ اسہٕ پوشُن

صُبحُکِ سنگر

پھوٚلہٕ رٲدِی گاشن

سودٕ گس پنہٕ نِس لگہٕ ہاٚژھاین

موتی لال ساقی

## "سون وطن"

آرن تہٕ کولن ہُند پرٛون وطن — یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میٛون وطن
یہ چھُ سرٕون ہُند دُرٕدون وطن — یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میٛون وطن

یہ چھُ نانکٕ سٕندِ عرفانُک وَن — یہ چھُ گاندھی سٕندِ یکسانُک وَن
یہ چھُ خوسروٕ سٕند رٔشہِ وون وطن — یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میٛون وطن

تہذیب گُنٛے اسہِ کُس ثانی؛ — اسہِ ذات چھےٚ بس ہِندوستانی
اسہِ لون تہٕ مالِنٛز کرٕون وطن — یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میون وطن

پنجاب، کیرل، بنگال، کشیٖر — اَنگ ماجہِ اکس آسہِ چاواں شیر
یہ چھُ گنٛدٕ وُن نَے اسہِ وون وطن — یہ چھُ چون وطن یہ چھُ میون وطن

یتھ آرہ ووان امنکو آ لو !   أسی راچھی چھ اللہ ودون کوہ ہمالو
یہ چھ زوینہ نلن وول گرڈن وطن   یہ چھ چون وطن یہ چھ میون وطن

یتھ نغمن ٹیگورنی ہشی نے   یتھ ساقی ہمیشہ گُل روین مے
یہ چھ زونہ میہ مہر یتھ تون وطن   یہ چھ چون وطن یہ چھ میون وطن

المست

# وطن

وُچھِ وُچھِ چمن پنُنۍ چھُس بومتن وَنۍ کیاہ
رٕنبہٕ وُن تہٕ نُندٕ بونۍ سوُنۍ وطن ونۍ کیاہ

ٲبشہٕ نٔنی ہٕشرٕی پہٕ چھے واآرٕ زگتش چھہ دریشٕج دارٕ
پدٕرٕی یارہ سندٕی وچھتھ بیٚیہٕ عاشق تتن وَنۍ کیاہ

پیالاہ چھُہ منٛزبہٕ بالن بوٚرٕ پانہٕ کلہٕ والن
مس چیتھ آمُیکٕ چھُہ پرستھ کاہٕ مکیش چھوَن ونۍ کیاہ

چشمن رٕکٕرٕی ضیافت پہٕ چھُہ عالمُح زیارت
قدرت چھہ تماشہ و مشربیتہٕ شُنی قدرتن ونۍ کیاہ

کتہٕ تانی وۄپاں چھُ جنّت اسہٕ نش ترٚیچھ حقیقت
لٕلہٕ ناونے چھُ حسرت سُے زشتن ونٕنے کیاہ

دُچھتن وہلرتہٕ بیٚیہٕ ڈل ہم آہنہٕ کیاہ چھُ نرمل
آفتاب نبیندرہ دُھپنتی اُٹھو بٹھہٕ وچھن ونٕنے کیاہ

ہم کوہسار سائٕنی ہم یارہ غار سائٕنی
اُسمان میٖٹھہٕ دٕ نہٕ انتہٕ چھُے بوہ ن یمن ونٕنے کیاہ

ہم مرگزار دُچھر دُچھر ہم کولہٕ تہٕ آرہٕ دُچھر دُچھر
یٚینکی نظارہ دُچھر دُچھر دل نمبلن ونٕنے کیاہ

یہ چھُ دار مسولن ہنز ہیہ ہنز یمبرزلن ہنز
نکھہ بیتھہٕ ہیٚن چھُ وچھنک شہ تارہ کن ونٕنے کیاہ

اُسی چھی کھوان اعبیک اَن اچی برٕ بھتہٕ چھُ ہیٚن ہیٚن
گوٚب کیاہ چھُ آلہٕ ناوُن انتہٕ جان وتن ونٕنے کیاہ

عبدالرحمان طالب

# توشہ وُنی پوشہ وار

بہ باغاہ حسین سون نُندہ بون وُچھ با
چھُہ جنتک نشاناہ وطن سون وُچھ با
نُندہ ریشی گُلن وعدٕ نک سگ چھُہ دیتمُت
اِہی آبہ پھولمُت چمن میون وُچھ با
چھُہ رۆچھمُت کُنبر ییلہ نہ للہ لولہ اندر بڑو ہۆشہ
تہ ییتھہ عالمس منز نہ معولہ وون وُچھ با
نیچر زُون ناگن پیٹھن با وچھلہ وُنی
بلن داغ نش تتے زُلن گرُون وُچھ با
برِنتھہ مجنونک گو ڈُچھہ بینتہ پوش پھولمتی
نوان رُود سونے وطن پرُون وُچھ با
ذرہ ذرا ہُشہ نہ ہر وُک گُلن گوُڑھنہ آسُن
ہہوے شوق تھۆد پۆچھہ وزین زون وُچھ با
کران مومنین زندہ چھُک میہانہ وطنو
تۄے چھُے بہ طالب فدا چون وُچھ با

صوفی غلام احمد گاش

# نُندٕہ بون کشیر سون

پوشہٕ وٹنس سبزہٕ زارس — نُندٕہ بون کشیر سون
رِشیمکۍ ٹوۍ جامہ پارس — نُندٕہ بون کشیر سون
آب چھُس دہ دیا چھہ موٚلمُت — بوٗنہٕ شہجارُک قسم
جنتکِس یتھہ لالہٕ زارس — نُندٕہ بون کشیر سون
ساز پیٹھ نغمہ رازہٕ ہیارینٛہ — توٗہہٕ ووٚلمت چھُس دیٚن
پائٹھ مستس وانگہٕ پارس — نُندٕہ بون کشیر سون
دأن پوشن تار وۄشلو — ٹینگن ہیوٚ لالہ پھوٚلی
ہوش ڈوٚلمُت لولہ نارس — نُندٕہ بون کشیر سون
ییٚتہ چھُہ صُبحک موختہٕ شبنم — تارٕہ کن تامُت خبر
کونگہ پوشن زوٗنہٕ پیارس — نُندٕہ بون کشیر سون
ازنگن ہنز ٹوٗسہ نسرٕل گٔنڈ — پھولی نشاط و شالہ مار

کُمِ سا شیٚچھ وُنِ بہارس — نُندٕ بون کشیٖر سون
گہہ چھہ مُشنزِ مُشنزِ تاپھہ آسان — گہہ چھہ شینکی جامہ چھیٚتھ
رنگ برنگی باگس تہ ہارس — نُندٕ بون کشیٖر سون
بولہ ہٕتھوی شیرتھہ تہ پیرتھہ — یُتھہ نہ وُنی کانٛہہ زاگہ اتھہ
اسی کھسو منصُور دارس — نُندہ بون کشیٖر سون

شاہد بڈگامی

# یہ چھُ سون وطن

یُتھ باغس سائنس شان چھُ تھزولہِ یار وأسی ژرژہٕ لون وطن
جبہ خو تُو نے ہُند لوٗٹھ وطن نندہٕ ریشہِ نُے چھُ یہ نُندہٕ بون وطن
یہ چھُ بیوٗن بیوٗن رنگہٕ کین پوشن ہُند نو شُون تہٕ رُنہٕ رُت کرُون وطن
یہ چھُ کھسہٕ وہنہٕ سِری یک نور اہیو دپ شوُبہ اسی اسہ وُون وطن

یہ چھُ سون وطن یہ چھُ سون وطن یہ چھُ جنتُک اکھ گلزار اہیو
یہ چھُ لوکچارُک نبہ نار اہیو یہ چھُ پھولُون تازہٕ بہار اہیو

یمہ میٔشرہٕ منزرہٕ دُھمتی کم گو نہٕ مانہ کم عالم پرٕی کنی یہ چھُ ریشو وار
ہتھ ہر ہوکھہٕ کس تھزرس کن ڈیشتھ نومرا واں سوٗرے عالم گار
یہ چھُ بھگوانُن، رحمانُن گرہ، اُنتھ مُزرتھ یتھی جنتس کُن دار
یہ چھُ میانی جبین اچھہ دار تہٕ خوشبوئی میانی اپوئی رژ و نہار

بہٕ چھُس بیل لِگارن ہنٛز زیبا بہٕ چھُس تِل پاتالچ سۄے ہِمال
بہٕ چھُس شُہُل حُسنُک اکھ معراج بہٕ چھُس بیانہٕ خیالچ یدٕ دل جمال

بہٕ چھُس گُل اندامن، چشمہٕ غزالن، پُر خمارن ہُند مالیُن
بہٕ چھُس لالہ روخن بیٚیہ سروٕ قدن تہٕ ماہ رخسارن ہُند مالیُن
بہٕ چھُس لل وٕ بدٕ ہُند غنہٕ یُن بیٚیہ لچھہ یدنی فنکارن ہُند مالیُن
بہٕ چھُس اچھہٕ پوشن گُلہٕ لالن۔ سۄ شبلن بیٚیہ گلزارن ہُند مالیُن

بہٕ چھُس مہجوٗرن وطن اتھ جدٕ ہ زٕ شہنٛ تی چھُس وزیہٕ وآلینہ بیٚیہ لول برن
ون شاعرٕ جگرٕ کہ خوٗنہٕ توے اتھ شوقہٕ چھُس روپہٕ دامانہٕ جُرن

فارُق بڈگامی

# یہ چھُ سون وطن

نُندہ بون وطن سون اَسہِ اَتھ لول بَرَ ونا
یہ چھُ سون وطن ٲری مۆنداتھ رٲچھ کرَونا
یہ چھُ سون وطن اَتھ پیٚوٚمُت فردوس ہِرٕ ناو
اَتھ نوٚرہٕ ڈٔکس پوٗر اَسہِ دِنی موختہٕ جرَونا

یہ چھُ لالہٕ زارن شالیماٗرن مُنٛدٕ یہ وطن سون
گرٛبزٕ وٕنہٕن آبشارن منٛدٕ یہ وَطن سون
ٲری مشدین کوٚہسارن مُنٛدٕ یہ وطن سون
کُنکہٕ دُجن تُندٕ جہٕ ڈارن مُنٛدٕ یہٕ وطن سون

اِسہ رٲچھ کرِنی بُلبُلس چمنس تہٕ بہارس
اِسہ ہوش تھوٚوُن، زاگہٕ پیٚنہٕ کانہہ حُسنہٕ گُلزارس
اِسہ ژوٚٹھ وطن رٲچھ کروس بوٚنہٕ شہجارس
پینہٕ پھاس کاشرہاہ یارٕ گنٛڈہٕ زادہٕ ملژارس

یُودوے ژٕ یہٕ حُسن ترٛاوہ نظر ہیٚچھ کاشہ مکار
سیتارہ بن تیزہٕ قلم میون یتہٕ تلوار
بیدار گژھن بڑوشہٹہ تیٚرن پیاٚنۍ وطندار
چھم پیاٚنۍ وٕڑہی راگچھ کرنۍ پوشہ بنتھہٕ خار

بہٕ چھُس سون وطن ییٚتہٕ چھُہ حسین ڈل تہٕ نسیل
بہٕ چھُس سون وطن ییٚتہٕ چھُہ بخشال نور حضرتبل
بہٕ چھُس سون وطن پادرٕٹھ شاہ ہمدانس
بہٕ آب دوا چھُول ییٚتہٕ سندھ دوفی گنگابل

دینا ناتھ نادمؔ

# وطن

وطن بالہٕ یار
وطن بالہٕ یار
وطن سون سانے جیاتُگ بہار
تھیکِھ لالہٕ زار
پٔرزلوٗن خُمار
وطن سون سانین دِلن ہُند قرار
وطن بالہٕ یار  وطن بالہٕ یار

یہ سون پوشہِ باغٕین یہ اسہ شیرہٕ تاج
یہ سون بأے راج
یہ سون مؤہرہٕ داج
سٹھاہ رُت تہٕ میٹھوت توشہ وُن پوشہ زار
مولُل موخٕتہٕ ہار

وطن سون سانین دِلن مُہند قرار
وطن بالہٕ یار وطن بالہٕ یار

سگوی منز چھہٕ اَمی سانہٕ لولکی گُلاب
سیٹھا بے حِساب
حسین لاجواب
چھہٕ احسان کأنشاہ بے حد بے شُمار
نہٕ سُم چھُک نہٕ تار
وطن سون سانین دِلن مُہند قرار
وطن بالہٕ یار وطن بالہٕ یار

ڈلواز بہٕ شیرون تہٕ پأرون زبر
گنڈِتھ دۄر کمر
بُتھہٕ رأچھی در
وندوس دل جگر آلہ ووس لوکچار
کرِتھ سر نثار
وطن سون سانین دِلن مُہند قرار وطن بالہٕ یار وطن بالہٕ یار

سنہ ۱۹۶۱

صوفی غلام احمد گاشؔ

# میٚون وطن

یہ چھُ میٚون وطن یُتھ پانہٕ دیٖن
لاٚج ازلکہٕ شامے ہاٚ شنر اُکھن
پوٚت پھرِ پھرِ وُچھنس گیٚنہ اٚکھن
یہ چھُ میٚون وطن یہ چھُ میٚون وطن

یٚتہٕ پوشن وُچھی وُچھی ہوش ڈلان
یٚتہٕ حُورہٕ چھہٕ اٚنہٕ وُچھِت شرمان
یٚتہٕ ماچھہٕ کھوٚنے میٚوہ ٹھ آب وہن
یہ چھُ میٚون وطن یہ چھُ میٚون وطن

یٚتہٕ جٹکھ شبنم موٚختہٕ چھکان
یٚتہٕ شامہٕ مستی ماے بران
یٚتہٕ مخمل وتھرآوتھہٕ چھہٕ وتن
یہ چھُ میون وطن یہ چھُ میون وطن

ییٚتہٕ سادھ رِشی پیرٕ وارٕ وتان
ییٚتہٕ کُہنز کِنی ساٗری یاتھہ گیوان
ییٚتہٕ بُلبُل مَس کستوٗری کتھن
یہ چھُ میٚون وطن یہ چھُ میٚون وطن

ییٚتہٕ مسجدٕ، مندر، گرجہ اَسان
ییٚتون ییٚتون فرقن ہندی لُکھ لسان
اسہِ وُچھِی وُچھِی سعٕ رنگی پان متھن
یہ چھُ میٚون وطن یہ چھُ میٚون وطن

ییٚتہٕ وقتکۍ بڈی ودٕستاد بسان
ہیٚچھن تہٕ لل آزاد گیوان
ژٕ یٕ تہٕ گاشہٕ وندے رتھ پوشہٕ اتھن
یہ چھُ میٚون وطن یہ چھُ میٚون وطن

ستار احمد شاہد

# نُندہٕ بوٗن وطن

گُلزارِ اِرم مُشکِ ختن
یہ چھُ سون وطن نُندہٕ بوٗن وطن
نُندہٕ بوٗن وطن نُندہٕ بوٗن وطن
یہ چھُ سون وطن نُندہٕ بوٗن وطن

وٕلہٕ یار وٕلو لہٕ مانٛز لاے کرٛوس
دوٚن دیدن مَنٛز اسی جاے کرٛوس
اسہٕ بول چھُ بوٗزٕ مُنت قو درتن
نُندہٕ بوٗن وطن نُندہٕ بوٗن وطن

ہمہ یاد نہٕ اسہِ اقرار کرٛو
نقد بیرس ڈیکہ دا ناٛنہٕ برو
اُسہِ بول بُروٗ سا سن نتہٕ ہشن
نُندہٕ بوٗن وطن نُندہٕ بوٗن وطن

اسہ رُت یوٗز حمتُن ییتہ الناٮِس
اسہ سنتھ چھُ میلُ ہندوستانس
یِہی دوٗن شہیدن ہندی رتن
ننُدہ بون وطن ننُدہ بون وطن

رنگہ نا آلبنہ زانگین زُول کرو
اَسی وطنک بوٗنی تُول سَرَو
زُو جان کرو قوربان وَتن
ننُدہ بون وطن ننُدہ بون وطن

گُلزارِ ارم، مُشکِ ختن
یہ چھُ سون وطن ننُدہ بون وطن

اُسی چھہ وطنکی رٔ آچھی دَز

اَسہ کوٚر دۆ مدٕشی نوٚئس للہٕ کھوٚل
مَن تھوٚو وٕن ہٕن خوش

دینا ناتھ نادم

# اَسی چھہ وٹھنکی راچھی دار

اَسی چھہ وٹھنکی راچھی دار
اَسی چمبکی، پرٕژ نژرٕ ھکی، لاژکی بتھ چھہ کاشرٕ ی گبر
اَسی چھہ وٹھنکی راچھی دار
ساقی ہیمتھ اَتھہ سپر
کَس چھہ جوٗرتھ زندگی سیتی میٖنہٕ تہٕ اَتھ کُس جگر
اَسی چھہ چمنکی راچھی دار

کل دیدہ ھنز آواز ہیتھ
غبہ خوتونٕ للوٗ منت یُس لولہ اندر سُے ساز ہیتھ
زندگی ہُند راز ہیتھ
شوٗدنہ نوٗ و پوٗز ساز ہیتھ
سونتہٕ واکِک بولہ وُن مےَ خوٗس موٗور انداز ہیتھ
اَسی چھہ از نوٗ و ساز ہیتھ

اَسہِ چھہٕ اَزٕ ژٕ ژاے سٟتھ

اَسہِ کرٕ وَرٕن پنہٕ نٔتنی ہٕشنز میٹھہٕ محبت مارے سٟتھ

زٕ ہتھ چھہٕ اَز گنگا بٔرٕ سٟتھ

پوٗز چھُہٕ ساقی رایہٕ سٟتھ

پیٚچھ ہیمالک سٔر شہٕ بوٗرُنت لوٚ ہؠوٗنت گُکُل اَسہٕ سایہٕ سٟتھ

لولہٕ صدر چیٚر گرایہٕ سٟتھ

سنہ ۱۹۵۴ء

چمن لال چمن

# کیاہ کرکھ پتہٕ

یُتھنہٕ شوقس کانْہہ پھری
دُشمن وُچھتھ دِل بانْبری
بینہٕ کانْہہ وۄپرانْہہ آوری
پینہٕ راوہٕ راوکھ دِلبری

پام روزی کیاہ کرکھ پتہٕ
شام پیٚدِتھ کوٚت گژھکھ پتہٕ

ہوش تھوقایم دِلو ژٕہ
غارتس سن بُلبُلو ژٕہ
ییٚر یِتھ گژھ مُشکِلو ژٕہ
ییٚندرہ ماچھکھ ہاگلو ژٕہ

پام روزی کیاہ کرکھ پتہٕ
شام پیٚدِتھ کوٚت گژھکھ پتہٕ

پَننہٕ وۄنیچ شان رَچھنے
پَننہٕ نوٚنک وان رَچھنے

پننہٕ قوٗمچ آن رٹچھنے
بیٖنر موٗنٛ تام بُچھہٕ نے

پام روزی کیاہ کرکھ پتہٕ
شام سپدہٕ کوٚت گژھکھ پتہٕ

وُچھی دوٗہے نوٗی امتحان اَسہٕ
نظرٕ سوروٗے آسمان اَسہٕ
آہ لوٗن یِیہ نٕ وتہٕ جال اَسہٕ
سائنٛی ہیمتہٕ مہربان اَسہٕ

پام روزی کیاہ کرکھ پتہٕ
شام سپدہٕ کوٚت گژھکھ پتہٕ

پوشہٕ بافاہ سون آنگن
مبوٗٹھہ ناگاہ سون آنگن
کے نتہٕ زاگاہ سون آنگن
بیٚنتھنہٕ پوشہٕ شش کاشہ نتہٕ زاگن

پام روزی کیاہ کرکھ پتہٕ
شام سپدہٕ کوٚت گژھکھ پتہٕ

غلام احمد فاضل

# پکان گڑھ پکان گڑھ

ژہ سہ ینہ گزران گڑھ پکان گڑھ پکان گڑھ
ژۂ دُشمنس پھُٹر کمر
پکان گڑھ پکان گڑھ

ژہ نہ بنہِ نک نشان چُھکھ ژۂ دُشمنس طُفان چُھکھ
ژۂ کر قہر ژۂ کر قہر
پکان گڑھ پکان گڑھ

ژۂ جوشدار ہوش مند ژہ چُھک دِلیر سر بُلند
مُشری لہ ہا کرِنہ چھہ سُر
پکان گڑھ پکان گڑھ

نفوان پننہِ ژۂ شان گڑھ رچھان پننہِ ژہ آن گڑھ

بُلند ژهٔ نقو ینیو نظم

پکان گژھ پکان گژھ

ژہ توپ چُھکھ ژہ تیرِ چھکھ　　ژہ رُستمس نظیرِ چھکھ
ژہَ سانہِ بھازنگ سپر
پکان گژھ پکان گژھ

•

ژہ یھارنگ جوان چھکھ　　ژہ عظمنک نشان چھکھ
ژہ چُھکھ دلیر و پُر ہنر
پکان گژھ پکان گژھ

ترانہ چون کیاہ زبر　　پہِ دِلنشین نہ پُر اثر
یوّ ہے دہ ہے دہ ہے ژہ پر
پکان گژھ پکان گژھ

شفیع شیدا

# اُسی چھہٕ اَز بیدار

ییٚلہِ باغس پھوٚلمِتۍ پوش وَتِن ییٚلہِ حُسنس پھوٚلۍ گلزار میٚتیو
ییٚلہِ ہوٚسن کوٚر زاگھ وُڈ واہ ہیٚو ییٚلہِ عشقن کوٚر اقرار میٚتیو
ییٚلہِ چانۍ ادا وُتھ ٹھٔرِ راوان ییٚلہِ میانۍ جوانی شوقس کھٔر
ییٚلہِ سانٛتھہِ دُشمن ظاہر گوٚو ییٚلہِ زوٗلُن حدن نار میٚتیو

دِلہٕ اُسی نہٕ چھہٕ از بیدار میٚتیو دِلہٕ اُسی نہٕ کرُو یلغار میٚتیو

مستانہٕ ہوا جھکہِ نہٕ شہلُ مدہٕ ناٹۍ نظارن ہند شماہ
ناہ پارہٕ گوٚو لابن ہند شاماہ مدہوش نظارن ہند شماہ
ییٚتہٕ آب جہانگ تَگ چھُہ دِوان آرن نہٕ کوٚلن ہندک جلماہ
کُمہِ تام وچھُن ہیٚوت دولہٕ یمِن کُس تام گران تلوار میٚتیو

دِلہٕ اُسی نہٕ چھہٕ از بیدار میٚتیو دِلہٕ اُسی نہٕ کرُو یلغار میٚتیو

کُمہِ نہٕ دُو قدم پتھہ گُلزارس کُمہِ روٗپ بہارس ہیٚوت ناوُن
کُس زورہٕ خشم ہیتھہ آو ژٔرِ کُن کُمہِ تیز قدم از ہیٚوت ترٛاوُن
کُمہِ زٕدراوٕ آری ناوِنی کتھ اسہ طاقت ہیٚوت از تھکہ ناوُن
دلہٕ شُشرا وِس دلہٕ ہیٚچھہٕ ناوُن یہ چھُہ سورُے وُنی بیکار میٚتیو

یہ چھُہ میون وطن یہ چھُہ چون وطن اسہِ وطنک محبت ہیچھہ ناوان
یہ چھُہ چون یزتھ یہ چھُہ میون یزتھ اسہِ یزژِ عظمت ہیچھہ ناوان
یہ چھُہ غارتھ ساینِ ماین مُہندا اسہِ وطنک غارتھ ہیچھہ ناوان
تلوار ہلنہٕ نیہ تار ژٹنہٕ بیہ لُہرا ونی کوہسار منیٚو

ولہٕ اسی نہٕ چھہ از بیدار منیٚو ولہٕ اسی نہٕ کرو یلغار منیٚو

کس نام چھُہ داوان چنگیزی کس نام چھُہ دعوا دار بُنتھ
کس نام چھُہ پوشن چھُہ ژراوان کس نام چھُہ آمُت تار بُنتھ
ولہٕ یار وگلشن ژھُراوِ ولہٕ تیرِ وسایہی خار بُنتھ
وَنتھ گبرہٕ کرس وتھ جیرہٕ اُنُس بینہٕ رونہٕ بس ژلہٕ نس وار منیٚو

ولہٕ اسی نہٕ چھہ از بیدار منیٚو ولہٕ اسی نہٕ کرو یلغار منیٚو

یہ چھُہ میون وطن یہ چھُہ چون وطن یہ چھُہ سون وطن کشمیر ہیو
اسی راٸیچھ کرِ واتھ لول برِ یہ چھُہ خابِ مُہند تاٸی بیراہیو
قوربان کرِ وانتھ جان ہینُ ادو ژھرا و تقدیر ہیو
جنگ بازمنفن ییتھ مٲ داتس دنیا نہٕ کرن بیدار منیٚو

ولہٕ اسی نہٕ چھہ از بیدار منیٚو ولہٕ اسی نہٕ کرو یلغار منیٚو

رادھے ناتھ مسرت

## اسی وطنس وزٕ وزٕ لول برٕو

اسی وطنس وزٕ وزٕ لول برٕو
اسی وطنس وزٕ وزٕ لعل جرٕو

پہ چھُ گنگہٕ منٛزٕ پس منٛز للہٕ نادُن
پہ چھُ لولک مس گلہٕ چاوُن
پہ چھُ اسہٕ نادُن پہ چھُ پھولہٕ راوُن
پہ چھُ سِری پہ نیگ ھیُو پٔرز لاوُن
پہ چھُ امارن اسہٕ اُچھی گاشاہ
پہ چھُ زُو جان دِنہٕ اسہٕ زٕتھ راوُن

وطنس ہلہٕ ژادِ کٕ نغمہٕ پرٕو
اسی وطنس وزٕ وزٕ لول برٕو

اسی جگرٕ کہٕ رتہٕ اتھ پاد چھلو
اسی لوٗکہی پٕرتی اتھ جامہ دٕلو

اُسی لول برٕ وٕ انتھ پوٚت ژھایِن
روخسارن امنکُ غازٕ ملو

اُسی سر دِتھ وطنس راچھی کرو
اُسی وطنس وزٕ وزٕ لول برو

یُس دوٚد ییٚہ رُت تقدیر دُچھتھ
یُس دوٚد سوٗنے تصویر دُچھتھ
تیُتھ بدخواہ دا تیاہ زٕرٕ ناوُن
یس نار ہیوٚتُن تعمیر دُچھتھ
اُسی زُو دِتھ وطنس راچھی کرو
اُسی وطنس وزٕ وزٕ لول برو

دینا ناتھ نادمؔ

# اَسہِ کوٚر فاصِل

اَسہِ کوٚر فاصِل سِزرس پرزس روزٕ نالی نال
راہنچہِ گٹہٕ کاسِتھ پرٕ صُبحچہ پژوہ سون اِستقبال
اسہِ دیٚت کُلہ کانیاتس امنک دوٚپ سمشرارک دالے
اسہِ تھوٚ پنہٕ ہِمن قولن فیلن لسہٕ نچہ لسہِ نچہ ترالے
از نہ گواہ سانے دِل صافی پژوِن ہمالک بال
اسہِ کوٚر فاصِل سِزرس پرزس روزٕ نالی نال

از نام کانیتاہ اور کیہ یوہ کیہٕ زمین دِنہٕ اسہِ یور آے
اسہِ نہ آنی ساری پنٕنی پانٕنی زن اسہِ وچھ تلہٕ زالے
جانادار چھہ بیوٚن باغس کُن سوہر کُنہِ ژھیکہ تال
اسہِ کوٚر فاصِل سِزرس پرزس روزٕ نالی نال

علمس دبس گُمہٕ ستۍ سگوتھ سمیس بدلونہٕ آے
امنَس تَن مَن آیُت تھاوِتھ اشرٕ وسارِ نیاے
صبحُک شبنم لول تہٕ ستھ سیتھ پراران برٕ برٕ تھال
اسہٕ کوٚر فاصل سیزرس پزرس روزونالی نال

دی مُشرتھ اسی لیہ وڈہٕ ترٛاوٕ چشمن کاسوزہاے
ششرس وندہ کی ڈنڈ پھٹرآوتھ شونتس شیروجاے
وطنُک اکھ اکھ دِل اسی تھاوٕ وشیہٕ ستۍ مالا نال
اسہٕ کوٚر فاصل سیزرس پزرس روزونالی نال

اسہٕ کرٛاز تام پزرس پوزا، اپزس ژھوٚٹ گیہ جاے
لولن ہلہٕ زارس تھوو شاہ، شوزرن دلہٕ سی دیہ راے
اسہٕ رُوزن پرٛ ہرٕ وتی لولہٕ مشالہٕ، ٹوٹھ جواہر لال
اسہٕ کوٚر فاصل سیزرس پزرس روزونالی نال

۱۹۶۳ء

شفیع شیدا

# نظم

کُنہٕ سنا ہیوت وُزلن آلو کرُن کُنہٕ تُل بہٕ واو
کُنہٕ سنا کوٚر حملہ یتھ میا ہس گرس کُس لوٚٹہٕ آو
کُنہٕ سنا تلوار تجو از کُنہٕ سنا بندوٗق تُل
کُنہٕ سنا ہیچھ زور اُزہٕ یا وٕنی تہٕ کُس غدار دزاو
تُل قدم وٕلہٕ تُل قدم ولہٕ دشمنس کرٕ لار اتہٕ
ییمہٕ وٕژن کرٕ محبتس تس دامنس برٕ نار اتہٕ

دوستی ہندی جامہٕ لاگنہٕ دشمنس وٕنی گوٚ نہٕ جان
غار تک آلو کرُن بے غارتس وٕنی گوٚ نہٕ جان
بیس نہٕ امنچ ماے بیس حملکو ارادن ٹاس کوڈ
وُچھنہٕ روٗزن جنگ بازس حملہ وارس گوٚ نہٕ جان
تُل قدم وٕلہٕ تُل قدم ولہٕ دشمنس کرٕ لار اتہٕ
ییمہٕ وٕژن کرٕ محبتس تس دامنس برٕ نار اتہٕ

سُرحدن ہٹھو سینہ گولین وولہ بے پرواہے بن
زندگی ہٹھو پیش قومس زندگی ازہ ما و تن
حوصلن از آےلگہ نے ہمتس چانس نھزر
ناز برداری کری چانن کھتن چونے وطن

تُل قدم وُلی تُل قدم ولہ دشمنس کر لار از
ییمی وُزن کرِی محبتس تس دامنس بر نار از

ہتھ سُلیمانس ڈلس ییتھ درگہس چھکھ راچھی دَر
ہتھ کھلس شک دَرزِہ چھک ییتھ دفترس چھک راچھی دَر
شالہ نارُک شام چھک صبح نیمک پانہ چھک
پاسبان ماجین ہیتین ، پنہ نس گرس چھکھ راچھی دَر

تُل قدم وُلی تُل قدم ولہ دشمنس کر لار از
ییمی وُزن کرِی محبتس تس دامنس بر نار از

ییتھ چھ بوٗ رُمت خون مقبولن رگن بچہ رووُمت
ییتھ چھ کرِی متی گاندھین گنتہ نہر دُون گزھر وومُت
پچھے امانتھ کانھن زنگین شہیدن ہند وطن
وتھ ہہ دِچھ بیِّیہ پترآنی ہوسن کس چھ ازنشہ ردو مُت

تُل قدم وُلی تُل قدم ولہ دشمنس کر لار از
ییمی وُزن کرِی محبتس تس دامنس بر نار از

غلام احمد فاضل

# دُشمن وُرکوو بالن سۍتۍ

اَسہ یمہٕ باغُک بدخاہ پھیۆہ پھِشوو
گرٕہ گرٕہ بالن سۍتۍ وُرکوو
نہٕ ہٕنٛدۍن زخمن زہرُک نوٗن ترٛوو
گرٕہ گرٕہ بالن سۍتۍ وُرکوو

اَسہِ رُودی پانے تھدٕہ تھدٕہ پہرس
ییٚلہٕ آو حملس پاکستان
وقتہٕ ییٚلہٕ ییٚس آو موتس نش سوو
گرٕہ گرٕہ بالن سۍتۍ وُرکوو

اَسہ ہیٚر تمہٕ وزٕہ کام سامانس
ییٚلہٕ ییٚلہٕ لوٗٹر لوٗٹس آے
تمہٕ وزٕہ اَس طوفانس مُشرو
گرٕہ گرٕہ بالن سۍتۍ وُرکوو

سانہو ویرو تُمہ سُندپے گول
بیشمی اکھی اسہ لوگ ناہنجار
تُمہ سُندے آسُن ادہ اسہ تہنوو
گرہ گرہ بالن سعتو وُرکوو

بیبلہ بیبلہ بڑم آو ونہ باٹے چارس
اسہ بوڑ دلہ ہطڑ ارس لول
تریشہ پوو دشمن جامن چاک دیئو
گرہ گرہ بالن سعتو وُرکوو

بیلہ سانہ ژھو پہ پیٹھہ کنہ ڈول ونہ آو
اسہ وول نیہ پیٹھے ترٹہ طُوفان
ادہ کر دُشمن واپس زندہ تڑ ود
گرہ گرہ بالن سعتو وُرکوو

غلام رسول مشتاقؔ

# نظم

یوٗ تام چھہٕ زُون آفتاب
یوٗ تام چھہٕ گردِشکو دوٗلاب
یوٗ تام سمندرن چھُہ آب
یوٗ تام گونٲہن ہنٛز ثواب
توٗ تام زُون چھہ ناے چانٛی
دِلن اندر چھہ جاے چانٛی

کھنِتہ چھُہ مجنُنک اَثر
چھُہ لولہٕ کُے رَتس تژر
چھہ چانٛی جگرٕ سٟی مۆہر
ژٕہٕ کُنٛ چھہٕ تو میٚچی نظر
وَنان شہید پہٕ آے چانٛی
دِلن اندر چھہ جاے چانٛی

ذرس ذرس چھُ تازہ چوٗن
جہانسۍ چھُ ساز چوٗن
ہر شیاہ پیٚٹھ نم تہٕ ماز چوٗن
عیان وُچھ چھُ راز چوٗن
کراں فکر تہٕ رائے چاےٚنۍ
دلن اندر چھ جاے چاےٚنۍ

ہزار ہا طُفان صدم
گُڈٕ ری ظُلم گُڈٕ ری ستم
یوٚتام دمس اندر چھُ دم
چھُ چانہٕ ماہٕ ہُند قسم
دمو تہٕ کاٚشۍ ژھاے چاےٚنۍ
دلن اندر چھ جاے چاےٚنۍ

باغہٕ سۍ بہٕ باغوان
میٚٹہٕ خوٗن چون رگن دوان
ہر وَنہٕ زا شِہ گُر ھو نوان

دوٚہے پھولاں دوٚہے جوان
کَھوان درد تہٕ ہاے چاٲنی
دِلَن اندر چھُہ جاے چاٲنی

فریب گَلَن تہٕ فند ژَلَن
خُمار چھُہ اوٚبرہ وُز ملَن
اِشارہ کیاہ چھہٕ مَسولَن
نَمَو نہٕ زاشہ تہٕ کرتَلَن
زَرَو نہٕ وُسے تہٕ واے چاٲنی
دِلَن اندر چھُہ جاے چاٲنی

لچھمن لال کنول

## دِلہٕ رٲچھی کرٕو

وَنہٕ دشمن وۄقہ تلنہٕ آو ہیو دِلہٕ گلزارس اسۍ رٲچھی کرٕو
یِنہٕ وطنس تۄشہٕ وِتمِس جنتس ہیٚتہٕ سمسارس اسۍ رٲچھی کرٕو
دِلہٕ رٲچھی کرٕو اسۍ رٲچھی کرٕو

مستانہٕ وطن جانانہٕ ییٚتھُن نُندہٕ بون بہوے ڈلکہٕ بون ییٚتھُن
یُس زاگہٕ چھُہ اَتھہٕ نتس پہان کرٕو اتھۍ اقرارس اسۍ رٲچھی کرٕو
دِلہٕ رٲچھی کرٕو اسۍ رٲچھی کرٕو

ہُتہٕ منترا یِتہٕ درگاہ چھُہ ییٚتھُن ہُتہٕ پربت یِتہٕ اجمیر ییٚتھُن
یہ چھُہ ہلہٕ وَن دُمرن ہشنر لولس اتھۍ ایثارس اسۍ رٲچھی کرٕو
دِلہٕ رٲچھی کرٕو اسۍ رٲچھی کرٕو

یہ چھُہ بالین للہٕ مُندرہ یہٕ تالین نیٚتھہٕ نندہٕ ریشیٖ نورت لول دٲے
یہ چھُہ آگر لوٗکہٕ سمبرارک دِلہٕ ہلزارس اسۍ رٲچھی کرٕو

ولہ راچھی کرو اسی راچھی کرو

دُر دانہٕ وطن دِلبر چھُہ پنُن مستانہ شابس زھوہ ہاران
دولن دِیدن منز اتھہ جامے کرِتھ اَنھی انہارس اسی راچھی کرو
ولہ راچھی کرو اسی راچھی کرو

یَبنہٕ شائک عالم دوہ شہ لاوان یَبنہٕ صُبحک پرتَو نور زھٹان
یَبنہٕ شبنم کھاسِن مَس چھُہ بران یَتِنہٕ شہجارس اسی راچھی کرو
ولہ راچھی کرو اسی راچھی کرو

مستانہٕ ہَوا ہمپوشہ پُھلے ڈیشتھ چھہ دلیچُ دِیرلے ہُران
یہ چھُہ دولسنہ آمُت لو کپچاراہ ولہ لو کپچارس اسی راچھی کرو
ولہ راچھی کرو اسی راچھی کرو

غلام احمد فاضل

# اسہِ ہیٚز مٹہٕ گلزارٕچ رٲچھ

دُشمن پوٚن تکھورہ ژلہِ وَنی انہٕ گٹہٕ
اسہِ ہیٚز مٹہٕ گلزارٕچ رٲچھ
رٲچھ دَر رٲچھ کرہِ بہٕ دِمس مَٹہٕ مٹہٕ
اسہِ ہیٚز مٹہٕ گُلزارٕچ رٲچھ



دُشمن ترٲگاں وطنس انہٕ گٹہٕ
زن یمَن بٔرم دُیت رانہٕ موگلَن
کونہٕ یم زانان شر اکھ ماوسہِ ہٹہٕ
اسہِ ہیٚز مَٹہٕ گُلزارٕچ رٲچھ

بٔبلہِ کاٹھہ سال کرہِ ناگہانی ترٔبٹہٕ
تَس کرَو وِژہ وِژہ خانہٕ بر باد
اَسی کڈٕو ٹھک اِدہ والپس بٔبلہ ہٹہٕ

اسہٕ ہیٚٹھر مٔٹہٕ گلزارٕ پٕچ رٲچھو

صُبحک آفتابہٕ راتہٕ کیٚزٕل ہیٚلہٕ کھٔٹہٕ
تَس کرٕو عالم سعوٚ سَلامت
یمہٕ سینٕتھ اپرٕ چھہٕ ہزٕو تِے پکھہٕ دِٹہٕ
اسہٕ ہیٚٹھر مٔٹہٕ گلزارٕ پٕچ رٲچھو

شفیع شیدا

# سپاہ

اسہ چھہ بہارس دوٚہ ژھراوٕنۍ ہردس ترٛاوُن بار
اسہ چھہ نشاطن گُل پھوٚلراوٕنۍ چھاوٕنۍ شالا مار
سینہٕ ژٕٹنی بالن کوٚہسارن جھپہ والنۍ آبشار
اَسی چھہ سپاہ ہندوستانکۍ پزرکۍ اَسی دعوادار
ییٚلہ اسہ وُڈٕ واہ ترٛ وو پرادن عالم گوو بیدار

اسہ توٚگ صُبحن گاہ پھوٚلراوُن شامن زالُن زوٗل
اسہ توٚگ کوٚہسارہ منزٕ ہاوُن لالہٕ ہیوٗ مقبوٗل
اسہ نچ ظلمچ گٹہٕ ژٕلراوٕنۍ آزادی دِنۍ موٗل
اَسی چھہ سپاہ ہندوستانکۍ پزرکۍ اَسی دعوادار
ییٚلہ اسہ وُڈٕ واہ ترٛ ودپرادٕ عالم گوو بیدار

ییٚلہ کانٛہہ دشمن نمرودنۍ دم ہیتھ ییہ آزادی
ییٚلہ کانٛہہ بدخواہ چنگیزاہ یم ہیتھ ییہ آزادی
تیٚلہ اَسی تس مشراوُو سوٗرے ہاوٕ و بربادی
اَسی چھہ سپاہ ہندوستانکۍ پزرکۍ اَسی دعوادار

بیٚلہٕ اسہِ وُڈٕ واہ تٔرٕ ویرادٕن عالَم گوٚ بیدار

کوہ ہِمالس تاج محل چھےٚ بوزٕ کران فریاد

حضرت بل اسہِ یاد کران از گنگا لایان ناد

ہِندو مُسلم سِکھ اتحادُک یاوُن زندہ باد

اُسی چھہِ سِپاہ ہندوستانٕکی پزرکی اُسی دعوادار

بیٚلہٕ اسہِ وُڈٕ واہ تٔرٕ ویرادٕن عالَم گوٚ بیدار

از چھہِ زمینس ترِیش ہُر بھٔرتہ اسہِ چھہِ مکان ازخوٗن

زوٗ نیٚیےٚ پادٕن پیدٕلس شیدا توتہٕ اُسی ممنوٗن

مٕرِی مٕرِی بیٚیہِ چھہِ گرٕ ضمان اُسی زندہ زٕن آ کاشس کھٔرزوٗن

اُسی چھہِ سِپاہ ہندوستانٕکی پزرکی اُسی دعوادار

بیٚلہٕ اسہِ وُڈٕ واہ تٔرٕ ویرادٕن عالَم گوٚ بیدار

شعر
غلام احمد نا مجیل

# پاکستان ئے آخر ہار

اُسی چھا کم کیننہ بہ خبر ڈفی تو
پاکستان دا پہ بیہ ہوش
پینہ نے پا بیں
دہ کرہ پا تس
پاکستان ئے آخر ہار

اُسی چھی بکہ وٹہ بہ خبر ڈفی تو
پاکستان دا پو بیہ ہوش
ڈلی پھرہ والیس
لوٹہ کاروانس
پاکستان ئے آخر ہار

اُسہِ گژھِ وَنۍ یہِ خبر وَنۍ تۄ
پاکستانس دِلو پیٚہ ہوش
کرِہ نَے باوَر
گنڈِہ پأقی پائنس
پاکستانس آخر ہار

اُسہِ تژھ طوفان یہِ خبر وَنۍ تۄ
پاکستانس دِلو پیٚہ ہوش
کرِہ نَے محسوس
پھسہِ طوفانس
پاکستانس آخر ہار

اُسہِ چھی سٕیلاب یہِ خبر وَنۍ تۄ
پاکستانس دِلو پیٚہ ہوش
درِہ کیاہ دُشمن
سیلے روانس
پاکستانس آخر ہار

اُسپہ چھی زلزلہ پہ خبر ڈُتی تو
پائکستانس دیو پیہ ہوش
ہُول ولیہ راوَو
کوہستانس
پائکستانس آخر ہار

عبدالخالق غیور

# دُشمن چھُے زاگان

دُشمنس میٚانٛین نشاطن شالہ مارن بیٚہہ نظر
وُٹھنکین بُرتھین زراتن لالہ زارن بیٚہہ نظر

تَس کُٹھٕر باسان اَچھن منٛز کیاہ ڈَل میوہٕ پوش پوشن
زاگہِ کستورن ہیٚلن چھُس جانہ وارن بیٚہہ نظر

شُوبہ وٕنی نٔندہٕ بأنی یمٕ ندا ورشیٚنہٕ بال
کیٚنہٕ چھُس اَندری پیوان چھُس آبشارن بیٚہہ نظر

کھارہٕ چھُس آرن کولن ہُند نہ ولہٕ چھُس کانہہ گمُر
ہردہٕ واوکی بأٹھی چھُس تیٚنہٕ نو بہارن بیٚہہ نظر

برٲری سنٛز ہٕشی ہاے لاگتھ لارٕ کٕنہٕ لاہور سُتھ
تارہٕ دتھ پیٚنہٕ نین گرن چھُس ژنبہ آرن بیٚہہ نظر

ساعل کرہٕ ہے دوہ لرسی ہانس بین منٛز ناوہٕ ژھٹ
چھُس نہٕ سانین غارتن تے گاہٕ جارن بیٚہہ نظر

کُفر وِ اِسلامِچ اَلَم ہیتھ بٲزی گر بازار دراو
مذہبس بدنام کرِ چھس سبزٕ زارن پیٹھ نظر

جاپہ جایے بھارتی غیور صف آراسپُن
چھک برابر حملہٕ آور غونکارن پیٹھ نظر

اُسی دِمو پننہٕ نین وتن چھرکاوہ بدلے رتھ بیُن
اسہ وطن نُندہٕ بون تے اسہ سبزٕ زارن پیٹھ نظر

# جوان وُتھ

چھہٕ بایہٕ دُشمنس خبر  چھہٕ بایہٕ رہزنس خبر
وُچھان کٔمس ہٕ دولہٕ چھُس  ہٕبٕژرن ہٕنٕزٕ تاتھہٕ مَنش خبر
تہٕ سآئی پاسبان وُتھ
جوان وُتھ جوان وُتھ
گٕنڈان تٔے گٕیوان وُتھ
جوان وُتھ جوان وُتھ

تژر چھُ بولہٕ وَلو لَن
کھوژان کر چھہٕ مرحلن
دَوان وُتھ دَوان وُتھ
جوَان وُتھ جوان وُتھ

ہُمہ ڈاکٹرٕ بہٕ کرال ڈۄٹھہ
اِنجینیر ۂ حمال ڈۄٹھہ
ڈُسِل تہٕ ترُکہٕ چھان ڈُٹھو
جوان ڈُٹھو جوان ڈُٹھو

ہُمہ ماسٹرٕ بہٕ کھار ڈۄٹھہ
ہُمہ گرٕوُس دہ سدار ڈۄٹھہ
مۄزوُر مرکبان ڈُٹھو
جوان ڈُٹھو جوان ڈُٹھو

وکیل تَے ادیب ڈُٹھو
امیر تَے غریب ڈُٹھو
نقاد نغمہٕ خوان ڈُٹھو
جوان ڈُٹھو جوان ڈُٹھو

وُچھان ہُمہ دولہٕ بھارٕتس

چھُہ امتحان فٲرتس

بہٕ رٲچھ روزٕ وعدتس

ژٕ کٔرِ زِہ رٲچھ عظمتس

پہ روزِہ رٲچھ راحتس

ہُمہ روزِہ رٲچھ عزتس

سپُوت ہیمتہ سان وُتھو

جوان وُتھو جوان وُتھو

دینا ناتھ نادم

# شہلی کُل

شِہلی کُلاہ عظیم زِیٹھ تہٕ زیوٹھ زٕن چھُہ جَد پنٕن
وسیع نہ بھاگہٕ بوٗرُت رٕ آیلاہ بُلند قد پنٕن

وعِہرٕ تہٕ دٲرِش بے حساب
تھزر بجر تہٕ لا جواب

زمین اَتھ چھُہ گوڈ تہٕ آسمان اَتھ چھُہ عَد پنٕن
شِہلی کُلاہ چھُہ جَد پنٕن

چھہ بٔرگ بٔرگ آٔنتہٕ زٕژھی لگن لبجن شُمار کیاہ
وُتھر وتھر چھہ تازہٕ دَم پتٕر سدا بہار کیاہ

سبز سبز چھُہ لوٗر ہیوٗ
بہٕ سو نٔتہٕ کُے سرُور ہیوٗ

شگنتھ بہٕ سورگہٕ و وُلمُت چھُہ دِ وُنہہ چنار کیاہ
شِہلی کُلیک بہار کیاہ

گٕہلُ چھُہ سوٗنٛتہٕ اَدٕ برٕ گٔیے یہٕ زُلفہٕ کُے سمندراَہ
شٕہُل ژٔنڈُن لِتے چھُہ شبنماَہ ہران خوش ہواَہ
ژُھبیل چھُہ زنٛتہٕ لولہٕ ہوٗت
ییہٕ جگرہٕ مُہند یہٕ نالہٕ موٗت
ژٕسیلُ چھُہ پوشہٕ ژُولہٕ سُند یہٕ پوشہٕ نوُجہٕ آلواَہ
شٕہلُ چھُہ سونٛتہٕ خوش ہواَہ

دپان اَتھہٕ گوٗ ڈٕس چھُہ پڑاکھ زمٕنہٕ امرٕنتھاَہ پیوٗمُت
دپان دستہٕ پاک اَتھہٕ دُیُن چھُہ پانہٕ ڈٕ ولمُت
چھٕینتھو نہٕ اَتھہٕ یہٕ رنگ زانھٕ
کُلیہٕ تیٛتوس نہٕ مَنگ زانھٕ
شگفتہٕ الال خان آسمانٔی گنگہٕ پو لمُت
دُیُن چھُہ پانہٕ یو لمُت

یہٕ ژھور لولہٕ سان آسمانکیو جنا وَروَ
یہٕ کوٗ شیچھ مایہٕ سان شش جہانہٕ کیو دلا وَروَ
دوٗ نیکھہ لَسو بَسو بیتی

گٔنڈٕو، وٕڑٕہ کو اَسو ییٚتی
زٕبوو، زُوو، پھو لو، لَوو ییٚتی پنُن سمُت کَرو
پٕہ دوٚپ حسین جنا وَ رٕو

چھہ پٔرٛینز تہٕ چھیٚتی تہٕ ہاری کینٛہہ تہٕ کینٛہہ چھہ رٔگ تہٕ شامہ رنٛگی
چھہ کینٛہہ تُرکی تہٕ کینٛہہ عجمی تہٕ کینٛہہ بٹِکی تہٕ کینٛہہ فرنٛگی
مگر ہمیٚن چھہ آلی ییٚتی
ہمَن چھہ باجہ ماٰلی ییٚتی
ہمَن چھہ عید ییٚتی، وٲشٲکی ییٚتی تہٕ ہُولی رنگ برٛنگی
کُنی چھہ پٔرٛینز تہٕ شامہ رُنگی

چھُہ بول بوشہ واریاہ وَزان زَن چھُہ بنسری
سرُود، طبلہ، نوٚٹ، ستار، راگ سوٕ اسووری
ڈٕرو ڈٕرو تہٕ گوُ پیو
چیرٕو چیرٕو پیوُ پیوُ
صدا چھُہ بیٚون، اَواز کُنی ییاے چھہ ساٲنی برٛتی
وَزان زَن چھُہ بنسری

سنہ ۱۹۶۲ء

چمن لال چمن

# بولِہِ بول

یٖتہٕ چھِنہٕ نفرٕژ کرٕژ کانٛہہ جایہِ
یٖتہٕ چھےٚ مایہِ ماے
یٖتہِ لگہٕ کتھہٕ بُتھہٕ پھِر دَبہٕ رایہِ
یٖتہٕ چھےٚ مایہِ ماے

کَل دیٚدہٕ ہٕنزٕ کتھٕ راج کران یٖتہٕ
نوٗرٕ صابٕن عرفانٕ
سبزرٕ کنہِ مُتی پنٕرس چھہٕ پکان یٖتہٕ
کھوٚنہٕ کھوٚنہٕ بول اللہٕ واْن
کینٛہہ کتھہٕ کرہٕ کس گگرا یہِ
بوٗس لوٚہ لہٕ متہٕ لاے
یٖتہٕ چھِنہٕ نفرٕژ کرٕژ کانٛہہ جایہِ

بیٔنہ چھے ماہِی ماے

بیٔنہ لگِہ کنھہ ہُنھو پھر دٔیہ راہی

بیٔنہ چھے ماہِی ماے

بیٔنہ چھُنہٕ تھچھہ تھٔوس آنی ماآنی

اسہ مُوٗنگ اُکھہ انصاف

قوو دِتیچی کیاہ نام مھ باآتی

کُمھی دِتی بیٔنہِ زانٔہ لایچہ

اَمیچہِ وَنہِ بیچھہ پکنیچ تراہِی

گرِہ گرِہ اُنھو وِتھ جاے

بیٔنہ چھُنہٕ نعرٕ ژ کرٕ کانٔہ جاہِی

بیٔنہ چھے ماہِی ماے

بیٔنہ لگِہ کنھہ ہُنھو پھر دٔیہ راہی

بیٔنہ چھے ماہِی ماے

اُسی چھُنہٕ کُنٕی از اسہ ستی واراہ

دشبہ وطن ہندوستان

نوّن سمارا ہ ، گوّن ہلہ ژارا ہ

شوُبان عالیشان

اُنھہ سہزارس کرلیجی گڑ اپی

کرِ پیّبہ منحُوس ژھاے

بیّنہ چھینہ نفرٕ ژ کرٕ کانھہ جاپی

بیّنہ پچھے ماپی ماے

بیّنہ لگہ کتھہ بُتھی پھِر دِیہ راپی

بیّنہ پچھے ماپی ماے

اسہ گوُر دوٚہہ شی لولس للہ کھوّل

من تھوٚو ہَن ہَن خوش

عشقس حُسنس بُتھہ بیّمی گونڈ ہوّل

چھینہ تس آہنہ ووش

دل سون ماد یہ پڑھہ کتھہ داپی

زانو ماوُسے ولے

بیّنہ چھینہ نفرٕ ژ کرٕ کانھہ جاپی — بیّنہ پچھے باپی ماے

بیّنہ لگہ کتھہ بُتھی پھِر دِیہ راپی — بیّنہ پچھے باپی ماے

غلام رسول سنتوش

# سائنی سلام

سلاماہ سائنی وآتن باسے راجن
نمن وبرن کران ہم سا بہ وطنس
سلاماہ سائنی نمن عظیم ناجن
ہیمو فو ربان گبر کرِی ما یہ وطنس
سلاماہ سائنی نمن شرمدار بیٖنن
ہمو فو ربان کرِی خانہ دارہ وطنس
ہموز دل ناراز پنن ہِن وچھن پیٹھ
مگر ارماں پزِ کھ گلزار وطنس

سلاماہ سائنی وآتن شانہ گورِن
ہمو چھنہ مول دیُت تھوو بان وطنس
پنُن وآر ییُو پنُن اڈ ویُوگ مشرُتھ
کرِکھ فو ربان پننہ ارمان وطنس

موتی لال ساقی

# نظم

وطن - وطن چھہ بالہٕ یار     وطن - وتن چھُ نوبہار
قرارہ رٲوس دِ بس قرار     حیاتکس بُتھِس خُمار

اہلکی اُسی چھہ پاسبان
یہ سارِنی چھہ زُونہ جان
اگر دُشمن سپُداہ طوفان

وطن رچھُن چھُہ کار سون     چھُہ جان دِین امار سون
وطن وطن چھہ بالہٕ یار     وطن وتن چھُہ نوبہار

سُہ دولہٕ کُس کرِس نظم
وطن چھُہ سون نام ؤر
چھہ رٲچھ اُتھہ پننہ گبر

وطن چھُہ ازلہٕ لون سون     وطن قبیلہٕ کٔرون سون
وطن وطن چھہ بالہٕ یار     وطن وتن چھُہ نوبہار

چھکان چھُہ موخنہ آفتاب
نِشاط سون تُوٹھ خاب

یہ گُلمرگ چھہ لا جواب

چھِیہ زُون بآ گران مَس دِ وان صُبح چھہ رِیوُ ڈھہ رس
وطن وطن چھہ بالہِ یار وَطن وتن چھہ نوبہار

عزم چھُہ وُستوار سون
یقین چھُہ پایدار سون
جنون چھُہ شُعلہ بار سون

کہِ فی چھہ لار دُشمنس بھرُن چھُہ لول گُلشنس
وطن وطن چھہ بالہِ یار وطن وَتن چھُہ نوبہار

شایق کاشمیری

# ناد

وطن دارو وطن خوشحال تھاوون
وطن پژھ سخۍ زنگی بلند اقبال تھاوون

ییتیکۍ ذرۍ لال، گوھر، ماہ تہٕ اختر
ییتیچی گنگ و جمن تسنیم و کوثر
ییتیکۍ پمپوشہٕ ڈل سعہ لہگکی سمندر
ییتیچی بتہ راتھہ مالا مال تھاوون
وطن دارو وطن خوشحال تھاوون

دچھو شسترکی زہکی گڈی سونہٕ واون
دچھو موصوم شبنم موخہٕ چھاون
گولابن پژ دچھہ صبحچی نیچھہ ناوۍ
گلن سنتھ زوہ یہ تالی نال تھاوون

## وَطن دارو وَطن خوشحال تھاوون

دِلاوَر چھُکھ ژٕہ بھارت ماجہِ زامُت
کمر گنٛڈِتھ سِپاہ چھُکھ لامہٕ درٛامُت
پہ کنٛتھ چھُکھ ظٕلے کٔرِتھ یوت پیٹھٕ ژٕ آمُت
وَطن دُشمن گوہ ڈٕنی پامال تھاوون
وطن دارو وطن خوشحال تھاوون

وَطن دٲری چھَہ چیاوُن محنتُک مَس
وطن دٲری کرٕنی گٔیہِ راچھ اَمِنٛس
وطن دٲری گُنہٕر دٔرمس تہٕ دِینٛس
پنُن رہبر جواہر لال تھاوَن
وطن دارو وطن خوشحال تھاوون

رادھے ناتھ مسرت

# اسی چھہ لوکی اسی چھہ گُنزرکی اسی چھہ چمنکی پاسبان

ژم نہٕ ہم بیٚنہٕ اسی چھہ ساری اسی چھہ نکھہ پھیٚکی اکھہ اکس
زندہ تھوٚوی ہتی اسی چھہ گُنزرن دُشمنو یلغار کری
کاٗتہو یوٚژھہ پھاس ترٛاوُن کاٗتہو ازٕ ناٗوی زور
کاٗتہن رُود سینہٕ سہی منز حُکمرٲنی ہُند ہوس
کاٗتہو یمہٕ باغہٕ باپتھ شورہٕ خانکی خاب وُچھی
سانہِ سنہِ لوٗکک سنیر وزہٕ وزہٕ چھُہ آمُت بارسس
گاٹہٕ جارن سانی لولن دیُت نہٕ دِیہ زانہہ ووتھبووی

نیاے ترٛاوِنی باے تھاوِنی بیٚیتہ چھُہ ہیوٗرُن حُکُم
بیٚیتہٕ چھُہ لّلہٕ نُندہٕ ریٚوش گُنزرُمُت گوٚبرہٕ گرٛٹ ٹنہ
بیٚیتہٕ چھُہ گُنزرکی بولہٕ آگواز تہٕ آزادِنی ژہ منس
سانی ہیمتھہ، سون موحبتھہ، سانی دَولتھہ بوڈ مِراث
ییٚہ باپتھ جائے چھِنہٕ بیٚیتہٕ سُنٛجہ دانش سوٚمب کُنی
ماہ باپتھ بیٚیتہٕ چھُہ پرٛیتھ کانٛہہ دِل سمندر ساس ساس

ساٙنہِ چَمنہِ شوٗب ژھِ یِتھ رنگ برنگی پوشہ زاٙنہ
بیٚنہ چھہ بیوٚن بیوٚن پوش یکجا شوبہ راوان گلستان
شوٗب کیاہ تتھ گلستانس یِتھ نہ آسن زاٙژہ ہا
شوٗب کوسہ تس باغوانس یُس نہ پھوٚلہ راوِنی تگن
ہی نہ ماول نیاٙوی قوسم ورکمی نہ جانہ بیٚنہ گولاب

سون موٚجبتھ زندگی سیٚتن چھہ موتس سیٚتی ریش
ساٙنی ہمتھ سون عمارت ساٙنہ یژھی پاسبان
موجبنس منز اسی پھبیمتی، پھاٙش پھلیمتی اکھی اندر
اسی چھہ پھوٚلیمتی اکھی اندر، اکھی منز پھوٚلو اسی تا ابد
آسمانن بیٚلہ دیکھیر آوازہ گرِ نبہ گرٚ نی سپُد
وُزِ ملو یِد بُتھ گرِتھ بیٚلہ نار ژھوٚک
ساٙنی جرتن کوٚر نہ پرواکوٚہ ژٹان بے واپہ ڈژاو
ساٙنہ ہمتھ وُزملن پھٹراوی ونڈ
نبہ گژ نِمن پامال گرتھنس لوٚگ ژُھہا
ساٙنہ ہمتھ تاج شاہی بہرہ بزاندس سجدہ دیوٚو
سون نوٚو سوچن چھہ ونہ نی فسوٗد دشمن کِن کڈان

اَسی چھہ کاشِران یِی زٕ یینہٕ یَس زِندٕہ پرٛینہٕ کانٛہہ رُوزی تن
مذہَب ھُنٛد گو نہٕ مطلب فرق اِنسانَن کرُن
فرقہٕ بایتھ مذہبُک ورتاو گوٚ زالُن الاو
وُچھ تیمبرِ گُنٛہ یینہٕ الاوٕ چِر دوٕہ بار ناہ پھرس

ولِہ چمنکو اَسی چھہ بُلبُل ولِہ چمنکو رآچھی دَر
ماجہ مہندی یَیٚڈر چھِتو گبر
اَسی چھہ امہٕ زٕرھراوِہتی نھوٚہتی طُفانَن رُچھت
اَسی چھہ اَکھِی ماجہ دوٕ وچھِنہٕ یآئِہ شُھلِنہٕ گآمتی جوان

ساینہٕ سارِیے پیرہٕ روزَن پاسبان اَتھ تا ابد
اَسی تووے پھوٚلر ماجہ تُہندی رُم رُم چھہ اَسہٕ آہی کران

یینٛتِر چھہ اُمنگ سِری یہٕ کھوٚتمُت عالمس یٖیمِہ ترٛو گاہ
نوٗر یٖیمی سُند تا ابد پٔزلاوہٕ دُرٛستس دُنیہس
گاش یٖیمی سُند ہاوہٕ وَتھہ رآژن اندرِ گٹہٕ کاوہٕ مٔنزی
زِندہٕ روزُن اَسہٕ ہیوٚ چھمُت کآر ژھٔرنہٕ آوتھہ دوٕ ہے

اسہِ چھہٕ امہ باپتھ وستہٕ مہتۍ بڈٕۍ ستم ژلمتۍ ازار

گر دِ رژھہ تامتھ بناوان پننہٕ چمنچ اُسی حسین

کاتھہ اگر بد نظرہ وُچھہ اتھہ اُسی چھہٕ ثمہ وزہ گنڈۍ بنان

گنڈۍ چھہ آسان پوشہٕ چمنکۍ بہار دار

چمنہٕ باپتھ چھی کھہ لگاں ہم ہتم کراں چھنہ اُسی شمار

امر چند وٲلی

# مٲجِ

کفن پیٚرِتھ بہٕ بیٚیرسے بارٕہ کُن منٛز چانہٕ مایہِ مٲجی
کُنٛے چھُم دِل محازس پیٚٹھ وندسے از چانہٕ ژھایہِ مٲجی

بہٕ ژٕراسے نارِ جِگرُک ہیٚتھ امی گاشے ییٚی پٔژرا گاش
بہٕ زٕ اٲسے زوُل زخمن مُنِدٕ ژٕ مے برکینٛہٕ تہٕ وایہِ مٲجی

ژٕ بہٕ کیاہ غم چھُے بُرِتھ چھے کو چھہ ہا وِیرٕن تہٕ ویرٕن ہانٛز
ژٕہ مٲجی پوٚتہٕ ٹرٕ مٲجی چھٕک کرد اسی ختم نِشایہِ مٲجی

کمٕی چھا وولن ہانٛز کینٛہہ کمٕی چھا سرفروش ہانٛز
چھُکھ کس طاقت ژٕ بہٕ کُن وُچھہ ہیوٚل گرٕ ژھع تس چشمہٕ لایہِ مٲجی

کُنی آوازسٔانی پچھے کُنی پچھے کنتہ کُنی پچھے دَنفہ ؛
ڈلتہ سٔاری سمُت کرئی پکوا سی شابہ شابیے نا عجر

ثنا خاعانی نتہ قعہ رباعانی مبئہ چاعانی زندہ گاعانی چھم
ڈلی چاعانی غزل خاعانی کرن پچھُے چایہ جابیے نا عجر

جواہر لال سُرور

# سون آلو

مدٕ وٕ ؤتھ گٹہٕ زؤل اسہِ دیُت آلو
دؤ گنیٲرس گٹہٕ والو ہے
مُتھ کرٕی نوٗرس سنگرو نتہٕ بالو
دُشمنسی گٹہٕ والو ہے

اسہِ گیوٚی زٕ دی ہُری کُنہٕ کہی لوٕ کھی
وِزہٕ وِزہ بٲگر مائے
ییٚتھ رٕ ہِ پٕتھ رنگ روٚٹ بییٚہ گل لالو
دُشمنسی گٹہٕ والو ہے

اسہِ ماگرٕ ٹند ہیٚتھ پینہٕ نس پرٕ دس
پیرٚ سپھتہٕ کاشوٕ دیوٚ ٹنداُسہ بوٕ ے

یکسان مذہب سون اسی پالو
دشمنسی گٹہ والو ہے

اسے یو ژھ پریتھ وزہ نیاین ژھین دین
نارس کور گل زار
سیھ گر یزہ سانہ دٹ گو یچ ازشالو
دشمنسی گٹہ والو ہے

اسے یور دزہ وزہ گو ڈیتہ امنس
لوئس کور رہٹہ ہار
آ لو سون بوزنھدہ پا ژشا لو
دشمنسی گٹہ والو ہے

شایق کاشمیری

# نظم

اُسی گیہ سبزرکی پزرکی دِلدار
اُسی گیہ کلہ ژُڈی امنکی یار

بد خاہ ، بَد خو ، بد خصلت یا اُسی چھنہٕ بَد کردار
ٹوپچہ دِرھم داغل کرہ تہذیبس اُسی چھنہٕ تم شہمار
دِزہ دِزہ نارس کوٚر اسہ گلزار اُسی ییٚنہ سآرہی یار
اُسی گیہ سبزرکی پزرکی دِلدار
اُسی گیہ کلہ ژُڈی امنکی یار

اسہ رُوز سوٗنتس سیتٕن لوے کھوے ہر دن ہیٚنہ کوٚز کھور
ماگنہٕ ژھٹہ گیہ شُلہ گرہ ژھیچھہ دِنہٕ شُرس پھٹرآوی زور
اُسہ لوگ پافٕے پانس ژُکھی دار اُسی ییٚنہ سآرہی یار
اُسی گیہ سبزرکی پزرکی دِلدار
اُسی گیہ کلہ ژُڈی امنکی یار

ژاو بٔلیہٕ سانٛہِ مُلکس منٛز کاشہ بد دِل یا بد کار
نِشی دیُت پانٔے موتس آو ژالس لوٚگ گوکھار
حقہٕ حقہٕ رُودی اَسی ترٕ پیٹھہ کُنہٕ غدار اَسی بیٚنہٕ سانٛہی یار
اَسی گیہٕ سبزرٕ کی پنرٕ کی دِلدار
اَسی گیہٕ کلہٕ ژٕ ڈٕ امنکی یار

سانٛہِ جبرٕ ونس نِش ڈرنگ طاقت چھُنہٕ ٹیٚکن
دِہی لدگرن ہندی پانٛہٕ دُشمن ژلنس چھُنہٕ پوشن
جُرتن سانٛن ژٕ آپٕ کَم کلَم ہتھیار اَسی بیٚنہٕ سانٛہی یار
اَسی گیہٕ سبزرٕ کی پنرٕ کی دِلدار
اَسی گیہٕ کلہٕ ژٕ ڈٕ امنکی یار

تاجی منور

# زٕنٛدٕ بٮ۪لہِ لوٗگ لرٕ پھُرُن

وُرِی بہٕ بُدی گُذرِ یِہ یِتھٕ سائنس زمینس لوٗگ شُشر
ہر طرف رگہٕ چارہ کٔھ کٔشی جانفزا ہوٚس ییٚتے
جسم اسہِ سپد بیہٕ شینہٕ بوی، تیخ سپُد خونس اسے
زندگی ہُنر حرکتا رُوزِ یانہٕ کاتہٕ بدنن اندر
عاسی تصرف ورونٛدکی یکہ تان کھتانکی تِتے
کوٚر بمو اسہ کآشرین مُند رُوح ازادی مُند سرد
بیٚیہ کرکھ کوشش زہ ہمہ ہوکھ دِل تہٕ زبو سارٕی تُہت
تُھتھ زہ اسہ فولادی زنجیرن اندر پابند تھوتھ
دُور مُلکن منز کرن باپار تم سائنس رٔنش
خوٗن کِنی کِنی سون وو زجار آہ گژھ پیدا روخن
کوٚر بمو تصرف دَرَو یُتر کال باپارہ بہوے
سانہ یتھ دُر وانہ جنتچہ وارہ گی تُوٹھاہ کران
یُس گُلاہ یُتھ آکھ یُتر پارہ کرِتھ گی تتھ تتی

یُس نہٕ اڑہ پھوٗل ٹوٗر ڈیوٗٹھکہ ژوٗٹکھ تےٚ لتہٕ تل ژھٕنکھ
آسی اُسی امہ وارہ ہندی بُلبُل گمژ ہم کٲئی نہ زٲنۍ
اُسی یہ ہے وتھو تہ کتھ کنٛز ہے یہ ہاسہٕ باغ سون
ظالمو تصرُف دَر واد ژُکھ ہیسی نیو مُت ہت
دِیہ وادی کاشرہ لو اُتھ بے جسی اندر گدٲری
سوٗرہ امیراہ ژُھن کرتھ تصرُف دَر وَنتھ جنتس

ناگہاں ہوو ہا بہار ک دزنہ لوٗگ کنتھ تام پاٹھی
سوٗرہ امبرس لوٗگ پھیراہ نِنۍ درایہ اکھ زنشاہ پیے
زنتہ بیٹلہ لوٗگ لرہ پھرن شولبیہ بس سپد لو آلاد
سآری سی باغس اندر ناراہ بغاوژ ہند وُزلو

مرحبا صد مرحبا اتھ حوصلس صد مرحبا
وُنہ چھُہ زِندے سون کاشُر دَرح، رُوحس مرحبا
اسہ چھُہ خونِ جگرہ از قسمت پنُن ہیوٚ تمُت لیکھُن
منزس تام وا تنس تامُت چھُہ وُنہ وارہ جھکُن

مُحمّد ایوب بیتاب

# بےعقل دُشمن

دُشمن وُچھتو کیاہ سوچان
عآر نَہ کرِہ ہے چھُنہٕ مند چھان
ژھیٚپہٕ ژھیٚپہٕ چھا پٕنٛزٕ کُنٛی پھیران
بے عقل ماران پننہٕ نوٗ پان

اُسی چھِنہٕ تٕہ ہیم دھمکی کھوژن
ژھرِ وِی ژھایو مہٕ سنتی ہیتھ روزن
اُسی چھِنہٕ تٕہ ہیم ژِرھ کتھ بوزن

وُچھس اَسہٕ ہُتھ سِیٕہ تس پکھہٕ زالو
ثیال تُنُد تاہتھ اُسی گالو
وانس تس لگہٕ پانٕے پھالو

زٕ یو بیٚیہ آمٕژ جُرنس سٲعِنس
رُم پیٚیہ تخریب کارن لٲعِنس
نادس زَن آسۍ آمتۍ گرٕ آینس

کاتھہ وٕنتو بےٚ قل نٕنہ وارِن
امہِ کَنِتھ مُنٕد چھُنہٕ ونہٕ پےٚ چارِن
اسۍ ما چھِنہٕ کھوژان کھوکھہٕ بٲرِن

یَتھ وُنہٕ رُوزن نٕتہٕ گژھ چھلہٕ چھلہٕ
بھکرنہ بیہٕ وُسی بیٚیہ گژھ پھلہٕ پھلہٕ
دَم چھُٹی سپدتھ تھُپسی لَژھ مَلہٕ

دُشمن وُچھتو کیاہ سوچان
غدارٕ ہتھ کرٕ ہے چھُنہٕ مند چھان
ژھیٚپہ ژھیٚپہ چھاپہٕ کٕنی بمبران
بےٚ قل ماران پتہٕ نُے پان

منوہر کول

# اُسی چھہٕ بیدار

جنگ باز کرٕکھ زیرٕ ژٕ ہ از نیبر ژٕ ہ پکھہ نیر
یُوٚ دوےٚ ژٕ ہ بیُوٚ ٹھک از ژٕ یہٕ گرٕ ھیٚ میٚنٚزٕ نہٕ لگکھہ کتھہ
غارن اتھین اکہٕ سانہٕ لُوٚگک زان لیٚجی پام
دُشمن ژٕ یہٕ چھےٚ زاگان اُتھیٚ بیہٕ کاتھہ کری گاٹگل

وطنس رچھکھہ یُوٚ دشان سعہ چھےٚ شان بینہٕ نی وُچھہ
وطنک یٚزتھہ چونےٚ چھُہ یزت یُتھنہٕ گرٕ ھی ژٕ ھل
بے قل ژٕ یہٕ وننےٚ، چور ونہٕ نےٚ یُتھنہٕ ڈلی کھور
دُنیا چھُہ وُچھاں یُتھنہٕ زاتھہ بانبر گرٕ ھی راوُکھہ
از ہاو بیبہٕ اکہٕ سانہٕ کیاہ از نام ژٕ یہٕ ہاویوتھہ
چھی شیٖر دانیٖ رُم کران آکو ژٕ یہٕ "خبردار"
"زاڑو" نہٕ چھےٚ پھرٕ ی پھرٕ ی ونان "ہشیا ہے ہشیار"

گرٕ سون نیٚلہٕ نیٚلہٕ زٕن گرس منٛز اسہٕ چھُہ تھزٕ رس جاےٚ

آنگنٕ سُہ کیاہ آنگن چھُے ہیتھ منز اژُن گرٕھہِ ٹھاکھ
دِل کرٕنۍ آلو لاے اسۍ ساری چھہ از بیدار
وٕنی ناسٲے گرٕھہِ کاتھ زور اسۍ ساری چھہ ہیتۍ ہُشیار

مذہب چھُہ اسہِ یکسان اسۍ کنہٕ ہندی نتہٕ مُسلمان
وٕگنیار ترٲوتھ اسۍ چھہ وپان اسۍ چھِس انسان
اسۍ چھِ لوٗس نٕ دم رٕچھال اسۍ چھہ پرٕزِ کی یار
دُنیاہ چھُہ اسۍ سٕنز اسۍ امنٕکۍ عَلمبردار
کاتھ کنتھ نتہٕ دُنی ثن اسہِ چھہ سپنۍ وتھ مقرر رٕژ
اسہِ چھُہ شورس سرٕ بیہ برُن گلزار ٹوٗرٕ وٕنی
اسہِ چھُہ یاوٕ منزِ ترُن کھوژو نہ پلن زانتھ
سونٕۍ جگر ڈُچھ ڈُچھ چھُہ از دشمن گوٚمُت کینتھ تام
ژھل کرِنۍ ہیتۍ ہنتھ چھہ اَمی اسہِ پورٕ ڈکھرآوی کھوٚر
اسہِ معاف وٕ ہمت پورٕ نہٕ ہے اسۍ چھہ ہندوستانی
اسۍ چھہ ہیتۍ بیدار وارٕ اسۍ چھہ ہیتۍ ہُشیار

مکھن لال بیکسؔ

# نظم

یہ چھُہ ماہہ بوٗرُت نُندہ بون وطن
یہ چھُہ وارٲہ وارٲہ پڑون وطن

یتھ شہ یہ چھُہ ویتھ گنگا یہ زٕلینہ سیراب کراں یتھ گلزارس
ییتھی دیُت بیوٗن بیوٗن اِلسانو کُنزِوک پیغامہ سمسارس
اَکھ لول چھُہ ساہِن سینن منز گُنڈ تراے چھہ ساہن گفتارس

رنگہ رنگہٕ اَسی بیٚتہ مولہ دون وطن
یہ چھُہ ماہہ بوٗرُت نُندہ بون وطن

یہ چھُہ تاج، اجنتا، سون بجر اسہ تہذیبک میراث کُنُے

اَسہ یچھہ وٚنھہ لسہٕ ینچہِ آش کٕنی اَسہ ازلہٕ پیٹھے اتھہٕ واس گٕنٕے
کٕس کرِہ اُتھہ اتھہٕ وااَسس چھپلہٕ پھول اُسی ساآرٕی کٕنٕ احساس گٕنٕے

گٹہٕ منز نہٕ چھہ پٔرنٕر لان سون وطن
یہٕ چھُہ ماہہٕ بۆرٕت نندہٕ بون وطن

یَتھہ شاپہٕ چھُہ نُندہٕ ریۆش واکھہٕ پٔرنھہٕ عرفانُک عالم وٕز ناوان
یتہٕ میرِاکر شنہٕ نہٕ ماپہٕ وٕلنھہ امرِ ستہٕ گنہٕ زہرُک پیالہٕ چوان
یَتھہ شاپہٕ چھہ سیتا نارس منز یٔہ لوٚیچ ازمائیش ہا وان
یہٕ چھُہ لوٗکٕ مالیشٕ ہیون وطن
یہٕ چھُہ ماپہٕ بۆرٕت نندہ بون وطن

محمد ایوب بیتاب

# وطنس کُن

اے وطن لگہے ژٕ بٔہ پآری سآرٕی ہیتھ
میانہٕ موکھٕ لِلہٕ ونتھ وچھس پیٹھ عوبہٕ ژٕ بٔہ
آ بہٕ تن تھوٚو وتھم میٚہ سوُرے ، پولھٔس
میانہٕ باپت رَس بوٚزُنھ میوٗنی موٚدُر
خوٗنہٕ پینٕے سیتیٚ گُل وۄزلاوِتھکھ
اۆش ہوٚرُنھ شبنم تہٕ نھآوِتھ تازٕہ گُل
وابہٕ ناوِتھ آبشار ، سورُنے موٚدِر
دوٚرِ گُرِتھ ژیٚٹھی یارٕہ روٚو کرناوِتھکھ
آرٕہ سیٖ روہٕ ہُری گُنڈِتھ کیاہ ژیٚٹھی گوڈس
واوٕ لاگِتھ پوش ہا اَسناوِتھکھ
سبزٕہ زارن مشدی بناوِتھ پوشہٕ کُٹھی
نارٕہ ریٖہٕ امبرس اندر شیہلاوِتھن
کیٚہ منز وشناوِتھن ژیٚٹھی شینہٕ دِتھ
زندگی دِژھم تہٕ تھوٚو وتھم بِتھ اَسان

موج لاگنھ زَن بہ شُرٕ ژٕ نو وھَن
آب امرٕ بتھ چھو وھتس، زٕندٕ تھو وھتس
پیشکش تھوٚ وتھم پنُن سوُرے ہلَم
چانِہی ناوَس فِدا میٚون ٹوٚٹھ زُو
چانِہی راٗژن دٕ ندٕ تھ میٚون ٹوٚٹھ گاش
چون یزٕتھ میٚون سوُرے اوٚ برُوے
چھُم قسم میٚہ چانہٕ عظمتکُے ژٕ وُچھ
شان چانی تھاوٕ نا بیٚیہ سَر بُلند
یوٚد وُچھی کانہہ ہوٚل کڈٕ ونس یوری اُچھ
کیاہ زراہ چانس وُچھس بچھہ کانہہ سو رُف
میانی درد دِل مائج چھکھ ژٕہی اے وَطن
کیاہ زراہ یتھ پوشہٕ وارے ڈوٚکھ پیٚون
کیاہ زراہ اَتھ کانہہ پھُتہ سِنہٕ دِلکشی
پوشہٕ! بن تیٚو نگل تہٕ زالکھ بد دماغ
آبہٕ! دَتھ بن دُشمنس کرٕ تَرٕ سر
وادٕ! ژٕ تہٕ دَتھ دُشمنس کرٕ سَم سوٚ تُر
نار بتہٕ شہٕ میٚون بدخاہ سِی کُشتَن

پوشہِ لۆنڈ شمشیرٕ بنِتھی گالہِ تٕس

تَس فنا کرِہ ساٗنی ہیمتھ والہِ مَد

یُس وِیُٚو کھُت بَنِہٕ ، دولہٕ وُچھہِ یَیتھ باغٕسی

اے وطن چھُم وَعدٕہ کوٚرمُت ییٚی ژٕ یہٕ عزتھ

شان چاٗنی چھُم تھوٚنی یِیِنہٕ سَر بُلنٛد

پتامبر ناتھ در فانی

# سوٗن وَطن نُندٕ بوٗن

میٛون وطن نُندٕ بوٗن    چوٗن وَطن نُندٕ بوٗن
کٲرِیگرن پانہٕ موٗن    سوٗن وطن نُندٕ بوٗن

وُچھ میٖنہٕ رواں دَمبدَم    سانہٕ جواں، تازٕ دَم
وُچھ میٖنہٕ نواں، گوٗنہٕ ژروٗن    سوٗن وطن نُندٕ بوٗن

آرٕ بَلَن مٔنٛدیہٕ سوز    بارٕ اکَنٛو وارٕ بوز
نہٕ ییٚہ وبن پانہٕ موٗن    سوٗن وطن نُندٕ بوٗن

تال وُلِتھ کوٚہ نہٕ یال    ییٚتھٕ ژرمَن گاڈٕ زال
لال موٗلُک پہ بزلہٕ دوٗن    سوٗن وطن نُندٕ بوٗن

نوٗرٕ امیُک لازوال — جلوٕ امیُک بے مثال
زُوِہ توَے ماپہ گرٕون ؟ — سون وطن نندٕ بون

یارٕ ! چشمہ پیٹھٕ نیر — پوشہ ڈلن وارٕ پھیر
پوٚختہ اَتھو موخُتہ لون — سون وطن نُندٕ بون

وُچھ یہ گُلن مُند بہار — کاف ، سروٗرا ، خمار
بولہ تھرین مُند یہ چھون — سون وطن نُندٕ بون

یارہ ، اژندٕون ، دیودار — آرٕ ، نلاو ، آبشار
دردٕ نین مُند یہ کرٕون — سون وطن نُندٕ بون

بونہ شہل وِیرٕ ژھاے — آبہ کوٕلن ہُنز یہ مائے
بولہ ہینز بولٕ تون — سون وطن نُندٕ بون

فاتحہ پنینز ژٕ نغمہ بُل — ٹوٹھ چمن ، ٹاٹھی گُل
بول ہیمو نا بردون — سون وطن نُندٕ بون

